مار پیٚیہٕ اَتھس منٛز تہٕ نستہٕ کٔنۍ دٕہہ تراوان ۔ نمسکارس جواب دِنہٕ بغارٕ
دُژھم ۔ ماسٹر جی ۔ دۄیُم مہارٲیم بچہٕ چھِنہٕ کیٚنٛہہ کران ۔ ڈبل پاٹھۍ شیٚچ لیاقت
چھکھنہٕ ۔ یُتھۍ کیا چھو آسان کران گنٛٹہٕ وادن ۔ ریٚشی کاک کٔمہہ اوس تھکہٕ
ناوان قٲبِل ماسٹر چھےٚ ۔ مےٚ چھا خبر زِ یِتھ دۄ کیٚہہ لگہٕ" ـــ مےٚ گیہ کٔمہہ
ہنگامہہ ۔ کیٚنٛہہ تہٕ ہیوٚ کمس ہہٕ وَنُن ۔ مےٚ پیٚتر ہایہ پننِس صفائی تارٕ نہٕ زِ
راٹھی کاکن ژوٚٹ میانہٕ کٔمہہ کلےٚ ۔ آہن سا تۄہہ زُم فکرِ ۔ در بدرٕ چھےٚ تھکھ
شُرِ کٔرۍ مِتۍ ۔ نہٕ چھکھ ہیم تہٕ نہٕ بےٚ ۔ دۄیہ دۄہ ہس چھہٕ آسان اکھ اَکس
رتھ والان تہٕ باپہٕ کُھسٹران ۔ ماجہٕ تھۄکھنہٕ اکھ ترنگہٕ تلم تہٕ سیوٚد ۔ پگہکہٕ ہیچھٕ
گرٕ دِنہٕ یوٚر ینک تکلیف کرُن ۔ اَمہٕ پتہٕ کوٚڈ بیہہ صابن ٹکیہ تلہٕ کیٚنہٕ
اکھ سفید بند لفافہٕ" ہتہٕ یہ چھو موٗزوٗرِن یہٕ ۔ گرٕ گرٕ کھولنہٕ تہٕ بڈٕ دٕ
مےٚ آیہ نہٕ پرٛٹہٕ زِ موٗزوٗری ہیچ تہٕ پان تہٕ موکہہ لیوٚم ۔ لِفافس دِژم
نٔظر تہٕ ژِ ھلُس نیٚبر ۔ زن یہٕ آسم فتح ۔ مگر زِ نہٕ تہٕ اوسہس ژورِ رۄکمت
کھوٚش کھوٗدر کسو رباہہٕ لوکم ۔ ہیٚرِ بیٚٹھ گیوم دُکھ ۔ اَڈ مِیل پٔکھ
دِژم نظر تہٕ مُتر رٕم لفافہٕ ۔ اَندریُم گوم اندر ۔ اکھ منٛز آس
ریٚشی کاکنہٕ زُلوٚ تہٕ راٹھی کاکنہٕ نس ۔ پانٛژ روپےٚ اکھ تہٕ دٔہہ روپےٚ
بیاکھ نوٹ تہٕ بس ۔ شین رٕیتن ہُنٛز موٗزوری ۔ اَکھ رحمتس کتیاہ
وٕنہٕ ہا ۔ راٹھی کاکس ریشی کاکس تہٕ بینہٕ نس پانس تھووم نہٕ کیٚنٛہہ تہٕ
بقایا ۔

کیتہٕ وری گیہ مٕتے کوڈٹیوشن کرِس بازرس منٛز کلہٕ ہیوٗہ ۔ وارِیاہ تجربہٕ سپدی حاصل ۔ لوٗکن گیہ تھپھ ہشِس تہٕ پکان سوورلۍ ہوورلۍ تار یِفن ہنٛدی سوتھی گنڈان ۔ پٔج وانک رتھ وندان ۔ سون تہٕ روپیہ گرنک وعدٕ کران ۔ امتحانس پاس گژھنہٕ وژھِ والنجہِ دستار گنڈنچ ضمانت دِوان ۔ ودان دِوان اماپوز امتحانہٕ پتہٕ سونہٕ روپہٕ کنہِ تارا چند موٗزوٗری کرِتھ موٗزوٗری تہٕ میلان ۔ بہٕ آس پنٛنہٕ ببہٕ یتیم تہٕ مفلس رِچھان رِچھان مٕتے باسیوو زِ ووٗذ چھہٕ یتیم خانہٕ کھولُن ۔ اکہِ دۄہ دِیُتم صابہٕ ترووٗم برقہٕ کھورن تل ۔" تل چو حجا کرِ تہٕ کلاہ پھولراوِتھ خوداہ کرِ چانِن تہٕ رُت ۔ تٔمی کیاہ چھے پٔتیے تاپنہِ ہُند آبہٕ نلکہ چالو چھہٕ ۔ بہٕ تہٕ زن چمہٕ آبہٕ گوٚل تہٕ ہیوٚت مٕتے آبہٕ نلکہِ یلہٕ تراوُن ۔

اُتھی منٛز گیہ اکہِ دۄہ ہپہ اکھ عجیب ذاتھ نموٗدار ۔ تمہِ بہٕ پتھی بالیغ اکھ سیڈ ہیچ عجیب تہٕ غریب ۔ خاندرکُ نادہٕ ہنٛس نارکانگرِ تُلان ۔ ہیر ہیتھ لوٗن تام تمام نلنچہ فوٗہر ۔ مستس گوٗنہٕ گامٹر نجقس پیٹھ ملہ کھاہچی ہوٗلۍ ماری ہتھ ۔ امس اوس بی اے کرِس امتحانس منٛز شاملِ گژھُن ۔ لفظس کٔٹر تٔریار ۔ امی سُند گراد اوس اسبنہٕ بُرتھ ۔ اتہٕ اوس صرف اسبند مشک یوان ۔ اکہِ دۄہ ہپہ یپلہٕ بہٕ غالبہٕ ہنٛز غزل اوسُس پرناوان ، دۄہہٕ نم اکھ کر کاشری پاٹھی تشریح

مےٚ وڈنس وُچھ ناد تہٕ ۔ چانہِ حُسنک جلال چھُ لۄوت
زِ اَتھ برونٹھ کنہِ چھکھ نہٕ ژٕ ـــــ میٚون لۄتُے وَنُن زِ گیہٕ نارد
نارہ ۔ یہِ کیاہ چھکھ مےٚ ژٕبینہٕ وَنان۔ مےٚ چھُ دَپھس قُلف ۔ ژےٚ چھےٚ
ناموٗخ یبینہِ ـــ"

مےٚ گوٚد موکلُن سُہ دوہ تہٕ یہ دوہ ۔ مےٚ ترٛوٚدیہ
سوداکرُن ۔ ڈیو شنکُ بازر آسی تن کوتاہ تہٕ مآری موٚند مےٚ چھُ
اَمیٚکُ ناد بوٗزی تھےٚ تہٕ ترٛ پھٹان تہٕ باسان زِ یہ چھِ اکھ بر پوٗر
زحمت ۔

(۱ر فُروری ۔ ۱۹۷۶)



# پس از گدٲیی چاکری

پرٲنیو چھُنہٕ کینٛہہ غلط وۄنمُت زِ پس از گدٲیی چاکری۔ یوٗتانٛہ نہٕ تِمن گدرٕ لوٗمت چھُ۔ گرٕ ہتِکی پلو بدلاوِتھ پیٚلہ ملاٚزِم پیشہٕ پینہٕ نِس کارس نیران چھِ تِمن کُس راش چھُ آسان آمت؟ وانہٕ پینٛچہ پیٚچھٕ بہتھ بیٚنھوال چھِ اَتھ کھنگالا ترٲوان تہٕ وَنان ـــــ "دراو ہسا دوستس دوہ کھالنہٕ۔ نساٖ سکام تہٕ کیاہ چھِ ہمن ملاٚزمن آسان؟ دہہ بجہ گوکھ دفتر گرٕ ژھن ڈھایہٕ بجہٕ گوکھ واپس نیرُن۔ دفترٕ گیکھ مسایہٕ ژٕٹنہٕ کتھاہ، باتھاہ، چایاہ، سگریٹاہ، کُل جہانکین کتھن پیٚٹھ گوکھ کلہٕ ترٛیشُن۔ ہمسایہ بایہٕ ہشنزِ کو کرِ پیٚٹھ زمانہٕ کین بڈٕ ہن مسلن تام گُیکھ ساری نشاے اُتھنزٕ راوِنز۔ رتۍ گیکھ تنخاہ بلاے رنز۔ عمانہٕ حرام کھیوان۔ ملاٚزِم بچارٕ چھُ ژلان ژلان یمہٕ

کیٚتہٕ لوزان ۔ جییر چھُس تتان ۔ اُچھ ترٲوِتھ چھکھ نظراہ
ترٲوان تہٕ نکہٕ وارٕ منٛزٕ سگریٹ دٕہا ترٲوِتھ ہینٛز وتھ ہوان ۔
تجارتس یا دُکانداری ہنٛدِ بٔن دوٚیمین پیشن منٛز یوسہٕ
آزادی چھےٚ سو کیٚہ چھہٕ اُمس مُلازمس ہچارس ۔ یہٕ چھہٕ ٹھیک
زِ دنیاہس منٛز چھُنہٕ کاہنہ اکھاہ یُس تہٕ زن پننہٕ نس پیشس
ہیچھ خوش آسہِ ۔ پرٛتھ اکھ چھہٕ آسان بادو دِوان ۔ کینٛہن
چھُ کامہِ ہنٛدٕ چار ۔ کینٛہن چھےٚنہٕ روپیہٕ گنٛزراوِنہٕ تلےٚ فُرصتھ
لبان تہٕ کینٛہن چھہٕ سیٹھا مشکلاتن منٛز زُٹ تہٕ میٹ کاہنی
مگر مُلازمہٕ سنٛدِ حقہٕ چھُ زیادے پہن تھرِ خودا ۔ یہٕ چھہٕ گوڈنیتھ
زوٚدٕوِہن گانٛٹن ملازِم ۔ مُلکُ اکھ رُت شہری تہٕ قومُک اکھ
پوٚرمت لیوکھمت بالغ مگر اُمس چھہٕ وارٕیاہ پابندی ۔ یہٕ چھُنہٕ
ہیےٚ فرخوکھ ہیکان کیٚتھ کرِتھ، خطبہٕ چھُس باسان زِ کاہنہ
ما گژھِ ناخوش تہٕ قبلس کُن گژھن کھور ۔ یہٕ لوٚزی تون
اکھ بارٕ خراہ، اَڈیور کُن پھیرناوون تور چھُ پھیران
کُنہٕ کُنہٕ چھُ اُمس تہٕ طمع گژھان دوشاہ ترٲوِتھ کرِ
ہے کمھتاہ ۔ مگر کرِ کیاہ، نارس دِیا نرٕ ؟
شہرچ کھتاہ ترٲوی تو ۔ تتہٕ چھہٕ تو تہٕ آنجھ روزس اسائیشہٕ
ملازمس ییلہِ شہر ہیچھ گام تبدیل چھہٕ کران تمس چھُ

دِلہٕ یِہنک مُصیبت نال وَلان۔ گوڈنِ چھُنہٕ گامس منٛز منٛاسب مکانہٕ بنان۔ یہِ چھُ یِہی زِ گامی بآے چھِ سیٹھاہ مہمان نواز آسان تِم چھِ اُمس اُچھن پیٹھ جائے کران تہٕ دَرٕ ژھِ وآلینجہِ لول بران اَتہِ چھُ آسان مایہِ تہٕ موحبتُک ناگہٕ راد۔ اَما پوٗز شہرٕ پُٹھ چھُنہٕ لگان گامس منٛز۔ تمُس چھُ خیال آسان لال چوکُس منٛز پھیرُن تہٕ تھور پُن۔ منٛز چھُ تھکِتھ ژھینٛتھ کُنہٕ ستہٕ چایہِ دُکانس پیٹھ چایہِ کپاہ تہٕ لوان چیتھ۔ کُنہٕ چھُ پچھِراہ لوان مارِتھ یار ستہٕ کالہٕ چھِ تژٕ تاپہٕ کرایہِ منٛز ڈل سالاہ تہٕ کران تہٕ بدنس شیٖہجار پھران۔ گامس منٛز بِہِن تہٕ بیرن لوٗگ تتہِ کوٗت گژھِ۔ دوٗشاہ چھُ تراوان تہٕ پینہٕ رٕنس ڈٕہکس ژُنڈراہ لایان۔ کوٹھ کھتہ تاونس لوٗگ“۔

گامن منٛز چھُ بوٚڈ مسلہٕ پونٛہ تہٕ بجلی۔ یہِ چھُ پوٚز زِ سانٛہِ ملکُن کرٕ آزادی حاصل کرنہٕ پتہٕ سیٹھاہ ترقی تہٕ انہٕ چھُ جایہِ جایہِ بجلی تہٕ پونٛ وآفر مگر توٗتہٕ کیاہ گوو۔ دوٗرِ گامن منٛز چھِ وُنہٕ تہٕ کترِوی ترٕ آنگی تہٕ میٚٹرِ تیل بتہٕ زالان تہٕ گرٕٹ تہٕ سیکِل پونٛ وَرتاوان۔ اَتہِ چھُ شہرِ نوکری پیشہٕ یوہے وَدُن زن پاسان گامس منٛز چھُنہٕ کام آپٕھن کانہہ تفریحی مرکز یوٚت اِنسان گژھِتھ غم دِنٛائی کرِ ہے۔ محض گُلن ہنٛد شیٖہجار، داں ڈوٗرِن

مٔنز کٲم کرن والین کوٚ ملین ہٕندِ ہنٛد ہاتھ دوٗر دٕر ڈٲرِ دامنس
تَل گٔبہٕ رٲچھ تہٕ تِہنٛدِ کھیٚلی یا شُنٛدی جہٕ ڈارن منز دِنہٕ
دوٗزٕ سماوار کلن پیٹھ تھاوِتھ معصوم حُسن تہِ یہِ چھپہٕ سارِنٕز دِلن
قرار یِہہ وُن روحانی غذا۔ اُکس پٔرِ ہیٚتس ییٚکھو ہیٚتس
اِنسانس چھُ اَز کل بوٚڈ دوست کتاب تہٕ اخبارٕ۔ چھُ شرہان
زیادٕ کھوٚتہٕ زیادٕ مُلکس تہٕ تمہٕ نیٚبر تہٕ وُڈو کرن۔ ادبی، سیاسی
ثقافتی تہٕ سماجی مسلہٕ سمجھن تہٕ تمن پیٹھ بییٚن سٕتی کتھ باتھ
کرُن۔ یہٕ سوٗرُے کیٚنہہ چھپہٕ اُمِس گامس منز سوٗ پنس منزٕ تہٕ میلان
تُمِس چھُ باسان یوٗہے پرٛ تھیوٗن زن پان گومُت۔ زن تہٕ
چھُس ہوٚٹ چیٖرنہٕ پوان۔ زن تہٕ ساری بال تہٕ بٹھی، وُڈرٕ
تہٕ بیٖرٕ، لوٗنہٕ تہٕ پھیٚرِس، دہرِ وار تہٕ تھٕیٚبہٕ بہارٕ۔ گبہٕ رٲچھ تہٕ
تمی سٕنز نے دِیان۔ تمِس چھُ باسان زِ نوکری کرِتھ چھُ تمی زوٗرٕ
زولاہنہٕ نالی ترٛو وُمت۔ زن چھُن آسان پنُن پان کنمُت کُٹھن تام
رو ہیٚن۔ ملاز مہٕ کرٕ چھیٚپہٕ لگِتھ چھُ تمِس دلشہٕ دلیشہٕ پھیٖرُن
ہیوان تہٕ گامہٕ گامہٕ لاگٕنہٕ میٖنہٕ نہٕ۔

گامُچ زندگی چھے خاموش تہٕ مصروف۔ اتہٕ چھنہٕ آسان
ہنگامہٕ۔ نہ چھُ بسن ہنٛد شور تہٕ نہ ٹانگہٕ والین ہنٛد کرہکہٕ
بکواس۔ نہ گاڈین ہنٛد دہ تہٕ نہ گنٛدہٕ ہیٚترٕ نالین ہنٛد

فکھ۔ نہ چھہٕ سڑکن پیٹھ حادثہٕ گژھان تہٕ نہ کھہن منز شور
نہ ٹکن ہنز دٕز دوتہٕ نہ سرینٛز ژھرٹہٕ ژھرٹ۔ سڑکہ
کاشہ پننہٕ کامہِ سیتی آوُر۔ شُر، بوڈ، مرد، زنانہٕ اکھ اَکس
پلنزن کھاہ، گپُن چار دائے مائے تہٕ لول نیک ہنی تہٕ سادِ
مزاج، یہٕ چھُ ہہشد دُنیاہ۔ اَتھ ماحولس منز باسہِ کاشہٕ گومُتس
دُزن تہٕ کاشہٕ ریٖتشس ہنزن مگر شہری ملازم نہ چھُ گومُت
تہٕ نہ چھُ ریتشے۔ سُ چھُ عام ازٕیُک اِنسان یُس دُنیاہکس آوٕلنس
منز پوٗنے ژھرٹہٕ ژھرٹ چھُ کران۔ تمُس چھُ واریاہ رژٕ پانس
کُن لمان۔ کامہِ پیٹھ فارغ سپدِتھ چھُ تمُس دوہ زن ہیوے
پیٹھ ہیوان۔ لیہٕ زن چھُس کھینہِ یوان۔ اگر ڈیرس پیٹھ کُنے اَسہِ
تہٕ چھُس بتہٕ رنُن تہٕ چلے بناوُن۔ یتہٕ چھُس مشکل باسان۔ گراہ
چھُس بتہٕ دُکر گژھان تہٕ گراہ چلے ٹیٹھ۔ دپان چھُ ٹنگہ وَدہن۔
پننِس پیشس ستی چھُس نفرت گژھان۔ اَدمتہٕ بوزی توکیاہ
کیاہ چھُ کران۔ تمِس چھُ مشتھ گژھان زِ سُہ تہِ چھُ اکھ دوپر انسان
اتھ گامس منز۔ ڈیکہ ژٕ مرتھ چھُ ہیوان۔ کیتھ کیتھ پیٹھ چھُ لڑائے
لاگان۔ دفترہ باجن چھُ بد زدٕنان تہٕ کُنہ کُنہ جیٖچھ تہٕ رلہ ناداں۔

گام گژھنہٕ پتہٕ چھُ یہ واہ واہ رسارٕ نش ژھپنان۔ آشناو راشناو

تہٕ ناراض۔ یار بأے تہٕ پتہٕ ییوٚد کنہہ کران۔ آہن سأ دوٚی چھِنس نشِن ژھنٛڈ کڈٕہٕ۔ دوٚی چھا پور نظر دوان۔ رٕ ہیٛیہِ کرِٕ تام کیاہ بنیٚ یَس تنخاہ آسمانس سیٚتی چھُہ گاڈُ بٕزِتھ کھوان۔ یہِ چھا پوٗشہٕ وُن کُنہِ ــــ یہِ گوٚو اکھ کلہٕ دود ـــ" جگر چھُس دزان مگر کیٚاہ کرِ۔

آزأدی ہٕنٛز بیاکھ برکت چھہ ٹرانسپورٹ پوٚچھر۔ ٹرانسپورٹ چھُہ بڑُوُمُت۔ بسہٕ، ٹیکسی، ٹانگہٕ، سکوٗٹر تہٕ بییہِ وُسیلہٕ چھہٕ یِموٚ سفر آسان بنوٚومُت چھُہ۔ اُزیُک ملأزِم چھُنہٕ دوٚی زیادٕ پأٹھی گامن منٛز روزان۔ ہرگاہ نزدیکہٕ کُس علاقس منٛز ادس کأم کران تیٚلہِ چھُہ دٕہ ہارِشِ پوان تہٕ گرٕ ژھان۔ صُبحس دزاوُیلہٕ پوٚتو چأرِتھ لبہِ سیٚٹھ تھوٚوُن کھور تہٕ گأنٛٹس دون گأنٛٹن منٛز چھُہ واتان مقام۔ اَمہِ سیٚتی ہرگاہ اکِہ طرفہٕ اُمس آسأیش چھےٚ سپدٕہمٕژ۔ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُس سخٕتی تہٕ پأدٕ گرٕ ژھان۔ اُمس بوٗزی توٚ چھہ حأضری بس اڈٕس سیٚٹھ صُبحہ چہِ آٹھ بجے۔ اکھ منٹ گوٚس ژیر تہٕ موکہٕ لیوٚد پتہٕ گأنٛٹس سیٚٹھ۔ زنگہٕ چھُس پھُٹان بیٚنِس گاڈِ پیاران پیاران۔ دٕ یہِ ڈایہٕ گأنٛٹہِ پتہٕ ییٚلہٕ دفتر چھُہ واتان اَتہٕ چھُہ آسان یا غأر حأضر لوٚگمُت نتہٕ نِصف دوہس رُخصتھ۔ سوٗرے دوہ چھُس نستہٕ رٕکی نیران۔ افسر ہٕنٛز

نس الگ تہٕ باقے دفتر باجن ہُند گوشہٕ تُلی اُسن علیحدٕ
صُبحاَے چھُ ملاَزِم شِشترٕ ہوٚل گنڈان تہٕ دوان آسان نہٕ
وُچھان ڈُچھنٕے تہٕ یہٕ کھوٗوری گاڑِ تل ماگژھہٕ؟ کاٗنسہٕ دکہٕ ما لگہِ
دب ما لگہِ؟ اکھ نظر گرِہ کُن تہٕ بیاکھ بس اڈس کُن ۔
راتھ اوسس بہٕ گژھان پننہٕ کامہِ ۔ عاٗلی کدٕ پہٕ موڈس تل دوتس
تہٕ اَتہِ لوٗزم کریکھا ہِشس ۔ اور کُن ؤِژم نظر اکھ مُلاَزم گوم
نظرِ وَدان ۔ بوٚڑ بٹہٕ صاَب اکھ بجلی کوٗٹس چھاونہٕ آمُت
دستار سٹرکِہ بیٹھ لائنہٕ آمُت تہٕ کران ترٛاہہ ترٛاہہ ۔ اُتھی منٛز
ڈُچھنٕے کرٕکھ ۔ ہے کیا ساَ بوزنہٕ چھُے ناپوان؟ مار تھوٚکُس زن چھُ مراز
سیتی دوان“۔ ملاَزِم بوے کیتھ ٹھہرِ ہے تہٕ اُمس دِیہِ دستار
تھوٚد تُلِتھ ۔ ژلان ژلان دیُتنَس جواب ۔ لوٗگو ما مہار اکُنہِ؟
معاَفی دِیو مہارا ۔ کیاکرٕ وُتل چھم ڈُژھمٕ ژیر چھم گومُت بس
چھم تیار نیرنس ۔ بہٕ گوس یوہے روزِتھ ییوہ ۔ بسن ہُندِ
سیتی چھُ لُکن ہُند ییُن تہٕ گژھُن تہٕ ہُرِتھ گومُت ۔ دورِ بیٹھ چھُ
بسن پیٹھ لُکہٕ ارساتھ ۔ لوان خاص کرِتھ ییلہِ کاٗنہہ حاٗلہٕ آسہ ۔ امہِ
وِزِ چھُ بسہِ منٛز جاے کڈٕنی سیٹھا مشکل تہٕ دشوار ۔ مگر یہِ ملاَزِم
کرِ کیاہ ، اُمس چھُ واتُن کُنہِ تہٕ قیمتس بیٹھ ۔ زُوجانہٕ لڑایوٚ بیتہٕ
ییلہِ یہِ بسہِ منٛز داتان چھُ پاٗٹسہٕ دار لوٚٹس چھُ آسان ربہٕ گرٕن

گومُت ۔ کوٚٹھس چنٛدے غٲب گومُت ۔ پٮ۪ٹھلوٚنس ڈٲمنہِ گٲمژ
تہٕ ٹوٗپہِ چھوٗنٹ پھیوٗرمُت ۔ توٗ پتہٕ پیٚیہِ یہِ سٕٹٕس پیٚٹھ ہٕنن ہوان
چھُ اَتہٕ چھُ آسان دارِ کِنہٕ ژاٖمتِس بُرقس ڈیر گومُت ۔ دیان
چھُ ڈٕہکہِ پھاٹہٕ ناوِ ہیٚنہٕ ہِنس سٲتھ ہٕیس کُن چھُ ونان ۔ "پوز ہسا
چھُ نوکری چھےٚ پس از گدٲیی ۔ یہِ تاوَن ما چھُ بییٚس کانٛہہ ۔ یِکیاہ
پلو تہٕ نہٕ ہِنہِ ہُلس آیِم لٔتھ خیر ناف تہٕ مادٔ زِم ۔

ملازِمس چھُ بیاکھ مصیبت ۔ اُمِس چھُ طلب گُنڈٕتھ
رِس مینٛتھ تہٕ ناٹہٕ گنٛزرِتھ ۔ ہرُ نک چھُنہٕ سوال ۔ چھوناے چھِس
اَمہِ کِنہٕ چھُس خرچُن تہٕ سیٚٹھاہ حرس منز ۔ سٲنکراتھ چھُ دُنہٕ
داتنہٕ آسان سلامن تہٕ نمسکارن چھُ نٕ واژان ۔ یہِ سانکرات
زَن تہٕ چھےٚ اَکھ بیانکھ آگر تہٕ چھُن یُس اُمِس ملازِمس پنُن بُتھ
ہاوِتھ کانٛہہ ناوان چھےٚ ۔ راتھ ہنٛز نیٚندرِ چھِس کامِنہٕ گرژھان ۔
تہٕ دُہک چھُس قرار رادان ۔ دۄہے دۄہ چھُس گرژھان حساب
کران ۔ کٔمِس کیاہ دِمہٕ ۔ ۶ راز چھُس ژھوٹان تہٕ ہونٛزرِ زیٹھان
یُمی سیٚ نہٕ کیٚنہہ داتہِ سُہ چھُس وگوژھان ۔ "اَہن سا اصلی چھُ
مولُہ شکس لد ۔ ہےٚ کیاہ چھُم خبر ۔ ٹیٚنٹھاہ چھُس پیتہِ پیٚٹھ ہور
تام ۔ زَن چھُ تحصیلدار ۔ سفید قمیصَنہِ کیاہ چھُ کالر ۔ یہِ زُچھ تُس حساب
ہٕزر ہیتھ گاٚس زَن چھُس تہٕ کُنہِ کیٚنہہ ۔ زَن چھُس داد ناد ۔ دۄنہِ چھُ

بیہٕ بچارہ ژھرٕ تہٕ ژھرٕٹ کران کوچہٕ مٕنزی ژلان۔ بُہتے نہٕ ہاوان۔ گرٕ
چھس الگ مسٔلہٕ گژھان پاد۔ شُری الگ پرٕڈان۔ تِمن کیازِ آینہٕ وُہر
وادِس بیٹھ پلو۔ تہٕ آرشنی الگ روشان۔ "زن چھُس میانہٕ دِز کامنی
گومُت"۔ زن تہٕ چھُ آسان کھُنڈی پھُٹ بانہٕ۔۔ گر تعزیق چھُ امس
زیادے گیوٗرُ تلان تہٕ بہ چھُ ڈھکس دِوان "سین از گدآلی جاگری"۔

(۲۱، دسمبر ۱۹۶۹)



# ٹوبہ ٹیک سنگھ

زٕ ترٛیے وٕری مُلکس تقسیم گژھنہٕ پتہٕ پاکستان تہٕ ہندوستانکین سرکارن زون زِ پاگل تہٕ گژھن تِتھے پاٹھۍ ادلہٕ بدل کرنہٕ یِنۍ یِتھہٕ پاٹھۍ یِتھ آتٕ قیدی کرنہٕ آیہٕ۔ مطلب چھُ زِ مسلمان پاگل یِم ہندوستانکین پاگل خانن منٛز قیدی چھہ تِم گژھن ہندوستانس حوالہ کرنہٕ یِنۍ۔ یِمن پَتھ چھُنہٕ زِ یِہ کتھ اَسا موقول کِنہٕ نامعقول۔ مُدعا چھُ زِ گاٹلین ہنٛدِ گاٹہٕ جارہٕ مُطابق سینز کیٚنہہ بہلہٕ پایہٕ چہ کانفرنسہ تہٕ تَتہٕ آد یہٕ فاصلہ ننہٕ چھیکرس آد اکہٕ دہ ٥ پاگل ادہٕ بور بدلاونہٕ خاطرٕ مقرر کرنہٕ۔ یِتھہٕ پاٹھۍ آیہٕ تٕیار دِنہٕ تہٕ تِم پاگل مسلمان یِہنٛدۍ وارِث ہندوستانس منٛز آسی رٕتھ آیہٕ اُتھی تھاونہٕ تہٕ یِم باقی آسی رٕتھ آیہٕ سرحدِ پیٹھ اپور سوزنہٕ۔ تہٕ کیازِ پاکستانس منٛز آسی اکہٕ پایہٕ ساری سِکھ تہٕ ہیٚندۍ درامتۍ لہٰذا اوس نہٕ تِمو منٛز

تتہ روزنک کانٛہہ سوا لے پاڈِ گژھان۔ یم تہٕ زِن ہیٚندی تہٕ سِکھ پاگل
آسی ساڑی آیہِ پُلِسچہِ نظرِ تل سرحدس پیٹھ واتہٕ نادٕنہٕ۔

کُنٛہکُھ چھُنہٕ پے پتہِ امالوٚ زٕ پتہٕ پیٚٹھے لاہورکِس پاگل خانس منٛز
امہِ رٔدٕ بدلچ خبر واتٕژ سیٹھاہ دوہن روزٕ مُسر گُسر گژھان۔ اکھ
مسلمان پاگل یُس بہو ورِی لوٚ پیٹھٕ لگاتار زمیندار اوس پران رٔدِ مُت
پیٚلہِ تس اکھ یارَن پُرژھ زِ۔ مولوی صاب یہِ پاکستان کیا گو تہٕ آمی
دیُت نس ژیٚھٹا دِتھ جواب زِ یہِ چھُ ہندوستانس منٛز سو جاے بیٚیتہٕ کھری
بیترِ بہان چھ۔

یہِ جواب بوزِتھ گو تِمن یارٕ مطمیٔن۔
تِھتے پاٹھی پرُژھ اکھ سِکھ پاگلن بییس پاگل سِکھس۔

سردار جی اسہِ کیازِ ہندوستان سوزان؟ اسہِ چھُنہٕ تیٚتِہ بولی
پلوان۔ دوٚیمہ کرُس اسنہٕ ہنا۔ بٔہ چھ ہندوستانٕکٕ بولی پوٚزٕ پاٹھی لوان۔
ہندوستانٕن چھ شیطانٕکی ژھلن گیشنٛدُن تگان۔

اکِ دوہہ دِژ شرٚان کران اکھ مسلمان پاگلن تیتہِ تھدِ کرِتھ پاکستان
زندہ باد زِ یہِ کِنی گیس تہٕ کلہ واے پھِرلا ینہٕ پیتھ گوس بے ہوش۔ کیٚنٛہہ
پاگل آسی یِم تہٕ یِم نہٕ پاگل آسی۔ تِمَن منٛز اُس اکثریت تِمن قاتلن ہنٛز
یِہندِ لوٚ اشناو وافسرن رشوٚ دیُت مُت اوس۔ تِمن منٛز آسی یِم مارِ واتل یمن

ییٚند لوٗ اُشناو وافسرن رشوٕ دِتھ پاگل خانس بٔری منز اُسی ژِ پھاسہِ لگنہٕ نِش بچہِ ہیٚن۔ یمن منز اوس کینژن ہنٛوس زِ ہندوستانس کیاز گیہِ چھلِو تہٕ پاکستان کیاہ گوٚو۔ اما پوٚز اصلیت اُس نہٕ تمن تہٕ خبر۔ اخبار پرٕنہٕ ستی اوس نہٕ کینٛہہ نتیجہ تہٕ پہرٕ دِنہٕ والی سِپاہ اُسی مُڈٕ تہٕ جاہِل یِہنٛز کتھ باتھِ تلِہ تہٕ اوسنہٕ تمن ہٕکنٛہی فکرِ تران۔ تمن اُس چھرا اییشر خبر زِ اکھ شخص چھُ محمد علی جناح یُس قایدِ اعظم چھہ وناں تہٕ تمی چھُ مسلمانن ہنٛدِ خاطرٕ اکھ بیوٚن ملک بنوو نمت یتھیک ناو پاکستان چھُ تہٕ اَمیُک اڈ ندپوٚکھ کیاہ چھُ؟ یتھ اُسنہٕ کانٛہہ تہِ خبر اَمہِ کتھِ موجوٗب اُسی یم ساری پاگل پاگل خانس منز یِہنٛد دماغ پوٗرٕ پاٹھی ڈولمُت اوسنہٕ۔ یم اُسی اُتھی مخمصس منز گیر گامتی زِ یم چھا ہندوستانس منز کینہٕ پاکستانس منز۔ ہرگاہ پاکستانس منز چھہ تیلہِ کتھٕ اُسی یم کینٛہہ دوہ برونٛہہ یتیٚن رٔوزِتھ ہندوستانس منز لسان لسان۔

اکھ پاگل گوٚو پاکستان تہٕ ہندوستان تہٕ بیٚیہِ ہندوستان تہٕ پاکستانکِس چکرس منز یوٗت گیر زٕ گوٚو ہناہ زیادٕے پاگل۔ نترٕ ھلہِ ستی ڈُوان ڈُوان کھوٚت سُہ اکہِ دوہہ کُلس پیٹھ تہٕ لنجہ پیٹھ بیٹھِتھ کوٚرُن دوٚن گھنٹن تقریرٕ یُس ہندوستانکِس تہٕ پاکستانکِس نازٕکس مسلس پیٹھ اوس۔ سِپاہو وٚن تس زِ سُہ وٚسن بون۔ اما پوٚز سُہ گوٚو

ہیوٚرُے ہیوٚر کھسان ۔ لۆٹ لۆٹ تَس روبہٕ داب کوٚتہٕ کھسٕ گوٚ دنان ۔

بُہ روزٕ نہٕ ہندوستانس منٛزٕ تہٕ نہٕ پاکستانس منٛزٕ

بہٕ روزٕ یتھ کُلِس پیٹھٕ"۔

دادٕ یاہَس کالَس کھۄرِ تُھتھ پیٹھِ تسنٛز دماغی حالتھ سُدرٕنۍ بجایہِ تہٕ سُہ دوٚتھ کُلِ پیٹھ لوٚن تہٕ پیٹھٕ نٕن ہیٚنٛدِ ہن تہٕ سکھ دوستن سٕتۍ نالہٕ مٔتۍ کران لوٚگ سُہ وَدنہٕ ۔ تِمَس اوس اَنٛدرۍ وَتھ زَن گومُت نہٕ اَمِس ییٚتۍ ترٛاوِتھ گٔژھن تِم ہندوستان ۔ اکھ ایم ۔ ایس ، سی پاس مُسلمان ریڈیو انجینئر اوس دوٚیمین پاگلَن نِش بیوٚن ۔ سُہ اوس ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ بیوٚن باغچہٕ کِس بیرِ پیٹھ ہواخوٚری کران روزان ۔ ہٕنگہٕ مَنٛگہٕ آیہٕ تَس گُلَن تِمی کَڈۍ ساری پلوٚو تہٕ کٔرِن دفعدارَس حوالہٕ تہٕ ہیوٚتُن ننٛگے ساری سیٹھے باغس منٛز واش کڈُن ۔ ——— اکھ ہٕٹہٕ کٕٹہٕ مسلمان پاگلَن یُس مسلم لیگک سرگرم رُکُن اوس رُود مُت اوس دوہس پنٛداہہِ لٹہٕ شرٛان کران مشروٗن یہ عادت اَکی ساتہٕ ۔ اَمِس اوس محمد علی ناو ۔ اَما بوٚنہٕ اَمی کوٚر اَکہِ دوہہ پننِس جنٛگلس منٛز ایلان زِ سُہ چُھ قائدِ اعظم محمد علی جناح ۔ اکھ سِکھ پاگل اوس پھرَس لاینہٕ تہٕ کوٚرُن اعلان زِ سُہ بنیوٚو ماسٹر تارا سنگھ ۔ اَمہِ بروٚنٛہہ زِ اَتھ جنٛگلس منٛز گژھِہے قتلہٕ غارت دوشوے آیہٕ خطرناک پاگل قرار دِنہٕ تہٕ آیہٕ بیوٚن بیوٚن قادٕ کرنہٕ ۔ لوہورک اوس اکھ نوجوان ہیٚنٛدۍ

وکیل یُس عشقہ ناریس منز دٔزان تھ پاگل اوس گومُت۔ تمی ییلہ بُوز زِ امرتسر
گوٚ ہندوستانس ستی، تس سپُد سخت دوکھ۔ تس اوس امہ شہرچہ
ہیٚندی کورِ ستی موحبتھ گومُت۔ اما پوٚز سو اَس نہ اُمس وٚکیلس چھکان
تہ۔ یہِ اَتھہ دیوانگی منز تہ اَس نہ سو مشہر۔ سہ اوس تمن سارِنی ہیٚندین تہ مسلمان
لیڈرن بد رد وَنان یِمو میلتھ جیو لیتھ ہندوستانس زٕ ٹُکر اسی کرِ مِتی۔
تسنز محبوبہ پَنٕنی یہ ہندوستانی تہ سُہ پانہ پاکستانی۔

ییلہ پھِر ٹھور کرنچ کتھ ڈُزھ۔ وٚکیلس دیُت واریاہ پاگلو
یہ مشوٗرٕ زِ تس پیٚز نہ ہمتھ ہارٕنی۔ سہ لی ضوٗرٕ گوٚرِ ہندوستان سوزنہ۔
تتھ ہندوستانس منز ییٚتہِ تسنز محبوبہ بسان اَس۔ اما پوٚز سہ اوس
نہ لاہورٕ تہ تراوُن یژھان۔ تس اوس سکہ پاٹھی بھمتھ زِ امرتسرس منز
چلیہِ نہ تسنز پریکٹس۔ یوٗرپین وارڈس منز اَسی نہ اِنگلو انڈین
پاگل۔ تمن ییلہ ژیٚنہ ون پیٚز زِ ہندوستان آزاد کرِتھ چھ انگریز ژٕلی مِتی
تمن پیوو زخمن لوٗن تہ واریاہس کالس رٕودی رتم ژوٗرِ تہ ژوٗرِ گنٹہ وادان
اَتھ مسلس پیٹھ کتھ باتھ کران زِ پاگل خانس منز کیاہ آسہِ پننی حیثیت
ووٗنی۔ یوٗرپین وارڈ روزِ یا کھنہ نہ ووڈاو یہ یہ۔ بریک فاسٹ میلیا کھنہ
نہ۔ ہرگاہ تمن ڈبل ژدہ چہ بدلہ بولاڈی انڈین ژوٚٹ دِن رتم کیا زہر
کھیٚنہ۔

اُتھی منٛز اوس سِکھا اَکھ یُس پاگل خانس منٛز پٔنداہ وری گٲمتیٚ آسی تِمسٕنٛز زیوٚ پیٹھ آسہ ہمیشہ تِمہٕ عجیب تہٕ غریب کتھہٕ آسان

" اوپڑ دی گڑگڑ دی اینکس دی بے دھیانا دی منگ دی دال آف دی الٹین "۔

سُہ اوس نہٕ دوہس، شونگان تہٕ نہٕ راتس۔ پہرٕ دار آسی یہٕ وَنان زِ یُتھ موپٔٹھ ہوڈری یو پیٹھ چھیٚنہٕ سُہ اُکس بَرٕ ژھٕنزِس تہٕ شوٚنگمت۔ کلہٕ تہٕ چھُنہٕ سچھتر ترٛوومُت۔ اَما پوٚز کُنہٕ کُنہٕ اوس لیہٕ سۭتی رٲزان۔ ہمیشہ اِستادٕ روزنہٕ سۭتی اوس تس کھورن ورم کھوٚتمٕت رونگھ تہٕ اَسِس ہٕنیمتیٚ۔ اَما پوٚز اَمہٕ جِسمٲنی تکلیفہٕ باوجود تہٕ اوس نہٕ سُہ زانہہٕ تہٕ شوٚنگان۔ ہندوستان پٲکستان تہٕ پاگلن ہندِس تبدولس پیٹھ یَیلہٕ تہٕ پاگل خانس منٛز کتھہٕ باتھ آسہٕ سپدان سُہ اوس کن دٲرِتھ بوزان۔ تس یَیلہٕ کانٛہہ پرٛژھان اوس زِ تِمی منٛز راے کیاہ چھےٚ۔ اَدٕ سُہ اوس بڑٕ سنجیدگی سان جواب دِوان۔

" اوپڑ دی گڑگڑ دی اینکس دی بے دھیانا دی منگ دی دال آف دی پاکستان گورنمنٹ "۔

کینہہ کال گژھِتھ تھےٚ نی آف دی پاکستان گورنمنٹچ جاے آف دی ٹوبہ سنگھ گورنمنٹ تہٕ۔ تِمہٕ ہیوٚت دوٚیمیس پاگلن پرٛژھن زِ سُہ

ٹوبہ ٹیک سنگھ کتہِ چھُ پیتیٖنگ سُہ رُوزان وول چھُ۔ اَماپوٚز کانٛسی اُس
نہٕ خبر زِ سُہ چھا پاکستانس منٛز کِنہٕ ہندوستانس منٛز۔ یِم زَن
وَنٛنیٖح کوشش اَسی کران تِم اَسی پانہٕ دوٚلابن منٛز۔ زِ سیالکوٹ اوس
گوڈٕ ہندوستانس منٛز آسان اَماپوٚز وۄنۍ چھُ بوٗزنہٕ آمت زِ یہ چھُ
پاکستانس منٛز۔ کُس چھُ خبر زِ لاہور یُس وۄنۍ پاکستانس منٛز چھُ گژھہِ
پگاہ ہندوستانس سۭتۍ یا سارے ہندوستانۍ بنَن پاکستٲنۍ۔ یا کُس
چھُ خبر زِ ہندوستان تہٕ پاکستان گژھن کُنہِ دوہ ہنگہٕ منگہٕ غٲیب۔

اُمِس پاگل سِکھَس اُس مستس زٕھٹہٕ گامٕتۍ تہٕ مَس وال چھِو نیٚمتی
تہٕ کیاز سُہ اوس شرٛان سیٛٹھاہ کم کران۔ لہٰذا اُس اُمی سٕنٛز داڑ تہٕ مَس یکہِ
وَٹہٕ میٖلِتھ کُن گومٕت۔ یمہِ کِنۍ اُمی سٕنٛز شکل خوفناک اَس گامٕژ۔ اَما
پوٚز ژکرِ اوس یہ شخص بے ضرر تہٕ پُترہ ہن پنٛدہن ؤری ین اوس نہٕ اُمی
کانٛسہِ سۭتۍ فساد کوٚرمٕت۔ پاگل خانکۍ یِم تہٕ پرانۍ مُلازم اَسی تِم اَسی اُمِس
مُتعلق یوٗتے زانان زِ اُمِس اَس ٹوبہ ٹیک سنگھس منٛز کیٛنٛہہ زمین۔ پَنٛنۍ
ہاکھ بتہٕ اوس کھوان اَماپوٚز ہنگہٕ منگہٕ ڈلُس مغز۔ اُمی سٕنٛد بوٚاشناد
گوٚنٛڈ یہ بجُھو بجُھو شنشرو لو رَزو سۭتۍ تہٕ کرُن وکھ داخل پاگل خانس منٛز۔
رِشتس منٛز اَسی اکہِ لٹہِ یِم لوکھ اُمِس وُچھنہِ یِوان تہٕ اُمِس خارِ باھہ
پتہٕ زُرتھ دالیس گژھان۔ یہ تماشہٕ رُود سیٛٹھاہ کالس۔ اَماپوٚز یہ بیلہِ

ہندوستانَک تہٕ پاکستانُک گگابڑ شروع سپُد تہٕ پھِشدیُن تہٕ
سپُد بند۔

اُمِس اوس بِشن سِنگھ ناو۔ اما پوٚز ساری اٲسی اُمِس ٹوبہ ٹیک سِنگھ وَنان۔ تہٕ اُمِس آس نہٕ خبرے زِ کُس دوہ چھُ، رٮ۪تھ کُس چھُ یا کَتر دۄری گیہ۔ اما پوٚز پٔتھ رٮ۪تہٕ ییلہِ اُمی پننٮ۪ اٗشناو اُمِس میلنہٕ یوان اٲسی اُمِس زٕن اوس ہشہٕ منگہٕ پے لگان۔ سُہ اوس چوٚکیدرس وَنان زِ تَس چھُ اٗشناو یِنہٕ وول۔ تمہِ دوہ اوس سُہ شران تہٕ کران تہٕ صابن تہٕ مِتھان تہٕ یہِ اوس کلس تیل تہٕ کنگنی کران۔ تِم پلو پوٚشاکھ یِم نہٕ زٕن سُہ زانہہ تہٕ اوس لاگان، تِم اوس اَمہِ دوہ ژھانڈِ ناوان تہٕ یِنہٕ کِنہٕ سپاٹھ فیشن کٔرِتھ پننٮ۪ن اٗشناوَن بروٚنہہ کُن گژھان۔ ییلہِ تِم سوال اٲسس کران سُہ اوس ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ روزان تہٕ کُنہِ کُنہِ وَنان

" اوپڑ دی گڑ گڑ دی اینکس دی بے دھیانا دی منگ دی دال آف دی لالٹین"

تمِس اٲس اکھ کور یچہ یوسہٕ پترتھ رٮ۪تہٕ اکھ اکھ اوٚنگل بڑتھ پندہن ؤری ین منز بالیغ اٲس سپنز مژ۔ بِشن سِنگھ اوس نہٕ تمِس پترٕ ز نادانے دوان۔ ییلہِ تس شُری پان اوس سہ اٲس پننٮ۪ن دُچھتھ ودان بالیغ سپنز تہٕ وُنہٕ تہٕ اٲس اُچھو کِنہٕ اوٚش ہاران۔ پاکستانُک تہٕ ہندوستانُک

قصبہ گوٗ شروع تہٕ تمہِ ہیوٗت دۄیمین پاگلن پیٚژھن زِ ٹوٗبہ ٹیک سنگھ کتہِ چھُہ۔ ییلہٕ نہٕ تسلی بخش جواب میوٗلُس تِمس ہیٚژن دہ یِتہٕ دۄہہ تِمی ہٕنز فکر کرنی۔ دۄلہِ اوس نہٕ تس میلنہٕ تہٕ کانہہ یوان۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس تس پانے وچھے یوان زِ تِہندی میلن واِلی چھہ یِکان۔ اماپوٚز دۄہ زن اوس تس وۄدٕنچ گژھ تہٕ بند گامژ۔ ییٚمہِ سیتی تس پے اوس رگان زِ تِہندی ژۄکر در چھہ یِکان۔ تس اوس بڑٕ طمع زِ تم لوٗکھ گژھی یِنہ یم تِہندی ہمدرد آسی تہٕ پیٚرتھ لٹہِ آسی تِہندِ خاطرٕ میوٗہ مِٹھاے تہٕ پلوٗ دلوٗ آسی انان۔ سُہ ہرگاہ تمن پیٚژھہ ہے زِ ٹوٗبہ ٹیک سنگھ کتہِ چھُہ تم آسی تمس وَنان یُہنزِ پاٹھی زِ سُہ چھا پاکستانس منز یا ہندوستانس منز۔ تہٕ کیازِ تِہُند خیال اوس زِ یم ساری لوٗکھ چھہ ٹوٗبہ ٹیک سنگھ پیٚٹھے یوان۔ ییٚتہِ تِس اَتھ زمین آس۔

پاگل خانس منز اوس اکھ پاگل یُتھ تہٕ یُس پننِس پانس پوٗز بلایہ خُدا وَنان اوس۔ تس ییلہٕ اکہِ دۄہ بشن سنگھن پیٚژھ ٹوٗبہ ٹیک سنگھ چھا پاکستانس منز کنہٕ ہندوستانس منز تہٕ تمی تروٗو عادتہٕ موٗجوب ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن تہٕ دۄپُن زِ سُہ چھُنہٕ پاکستانس منز تہٕ نہٕ چھہ ہندوستانس منز تکیازِ اَسہِ چھُنہٕ دُنہ حکم دیُت مت۔ اَمس خدایس کوٚر بشن سنگھن وارِیاہ پھیر زار پار زِ سُہ دی حکم جل جل تکیازِ یہ جھگڑے گژھہِ ختم۔

اَما پوز تس اوس سیٹھا آور یر تس اُسی دُنہٕ واریاہ حکم دِنی۔ اَکِہ دٕہہ آو تس جانہٕ منس پیٹھ تہٕ مِنگہٕ چارِتھ وَدُننس۔

"اوپڑ دی گڑ گڑ دی اینکس دی بے دھیانا دی منگ دی دال آف"، واہے گوروجی دا خالصہ اینڈ واہے گوروجی کی فتح، جو بولے سو نہال ست سری اکال۔

تُسُند اوس شاید یہ مطلب زِ یِتھ پٲٹھ مسلمانن ہُنٛد خدا—سِکھن ہُنٛد خدا ہے اُسہٕ ہَکھ تہٕ سِکھہٕ پٲٹھی بوزِ نا کھ میٛون۔

اَدلہٕ بدلہٕ کینٛہہ دٕہہ برونہہ ٹوبہ ٹیک سِنگھُک اَکھ مسلمان یُس تُسُند دوست اوس آو تس سمکھنہٕ۔ سُہ اوسنہٕ گوڈٕ زانہہ تہٕ آمت یِیلہٕ بِشن سِنگھن وُچھ سُہ اَما پوز سُہ رُود لبہٕ کُن تہٕ لوٗگ واپس گژھنہٕ مگر سپاہو کوٗر سُہ۔

"یہ چھے ژِے سمکھنہٕ آمت — چون دوست فضل دین"۔

بِشن سِنگھن ترٲو فضل دینس کُن نظرہ تہٕ بیوٗٹھ کیاہتام بکنہٕ۔ فضل دین آو تہٕ تھوٚونس شانن پیٹھ اَتھ"۔ بہٕ اوسُس واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ سوچان زِ بہٕ سمکھہٕ ہا ژِے اَما پوز فرصتھے آو سم تہٕ میلان۔ چانی ساری زانن وٲلی دُرایہٕ خوش پٲٹھی ہندوستان۔ مےٚ تام یہ تہٕ اوس تہٕ مےٚ کوٗر مکہ۔ چانیٛ کوٗر روپ کور......"

تِمس گیہ کلہٕ زِ لو۔ بِشن سنگھ لوٗگ کیاہتام یاد کرنہٕ "کوٗر روپ

کور۔

فضل دینن ووٚن کھو کھرِ زیٚو۔ " آ ــ سو ــ سو تہٕ چھےٚ ٹھیک ٹھاک ــ تمنے ستی گیہ۔

بِشن سنگھس گئے ژھو ہیر۔ فضل دینن کوٗر کتھِ ہُند آغاز" تمہ اوس وٚوٚمُت زِ ژےٚ پڑِ ژھے خاطر پاٹھ۔ ووٚنی بوٚزمےٚ زِ ژٕ چھکھ ہندوستان گژھن وول۔ میانِس باپٕس بلبیر سنگھس تہٕ دوھاوا سنگھس وٚنِزِ میانۍ سلام۔ تہٕ بیٚنیہ میانہٕ بیٚنہٕ امرت کورِ تہٕ ــ میانس باپس بلبیر سنگھس وٚنِزِ زِ تمی سُند لوٗے فضل دین چھُ خوش تہٕ خوشحال۔ تم چھٕٹل ہکھر یم سٕ ترِاٹھ اوس گومُت تمی دیُت بچہ۔ دٔہیمی اوس بچہٕ دیُت مُت اما پوٚز ییلہٕ سٕ شیٖن دوہن ہُند گوٚ تہٕ سٕ گومُت ــ بیٚنیہ ہرگاہ مےٚ لایق کانہہ خدمت چھےٚ سو تہٕ وٚنی زہٕ لو۔ بہٕ چھس ہر وقتہٕ تیار ــ مےٚ چھُ توٚہیہ لایق مرونڈ اٹھانہ متی۔

بِشن سنگھن کوٚر یہ مرونڈو ن بہری رپھس حوالہ یُس نکھے اوس تہٕ فضل الدینس پڑِ ژھن " ٹو بہ ٹیک سنگھ کتہٕ چھُ۔"

"فضل الدینن وُچھ حیرت سان تہٕ ووٚنُنس " کتہٕ چھُ ــ تتی چھُ ییتہٕ اوس۔"

بِشن سنگھن پڑِ ژھنس بیٚنیہ اکہٕ لٹہٕ۔ پاکستانس منز ہا کِنہٕ ہندوستانس

منتز۔ ہندوستانس منتز ۔۔ نہ نہ پاکستانس منتز۔ فضل الدینس کھوت
غُصہ۔ بشن سنگھ دزاو واہ واہ "اوپڑدی گڑ گڑدی اینکس دی بے دھیا
نا دی منگ دی دال آف دی پاکستان اینڈ ہندوستان آف دی دُر
فِٹے مُنہ ا۔"

اَدلہ بدلیچ تیاری آیہ مکمل سپنز مژ۔ ہتہ بیٹھڑ یور، یتہ بیٹھ
ہور گژھن والین پاگلن ہُند فہرس (رز) ووتمت تہ اَدلہ بدُلک دوہ
تہ اوس مقرر کرنہ آمت۔

شدید تہ ترٹس ییلہ لاہور کہ پاگل خانہ منتز ہیند تہ سکھ پاگلن
ہنتز ٹرٹیلی گاڈ پلسہ دستہ کرِ، حفاظتس منتز رواہ آسہ کرنہ یوان۔
مُتلیقہ افسر تہ آسی یتی آسان۔ واگہ کس سرحدس بیٹھ آسی دوشون
درِین ہند سپرنڈنٹ اکھ اکس سمکیمتی تہ ابتدائی کاروائی مکمل
گژھنہ پتہ گو اَدلہ بدلہ کرنکہ سنتزک ڈسی لابہ یس راتہ پیرن تام جاری
روُد۔

پاگل لاریو منتز کڈنہ تہ تم دوٚیمن افسرن حوالہ کرنی آس بڑ
مُشکل کام۔ کینہہ آسی نہ نیبر نیران۔ یم نیرن بیٹھ رضامند
آسی سیدان تم آسی کترِ رٹنی بڑ مُشکل۔ تکیازِ تم آسی ژھالہ ماران
تہ ژلان۔ یم ننگہ آسی تمن آسی پلو لاگنہ یوان تہ تم آسی پلو ژٹان تہ

دۄر روزان ، لیکہٕ ژاران تہٕ کانٛہہ چھُہ گیوان ۔ کانٛہہ اوس جھگڑ کران ۔ تہٕ کیاہتام وَنان ۔ کُن دۄہہ تہٕ آسی نہٕ لوٚنہِ تھہ کان ۔ پاگل زنانَن ہُنٛد شور اوس اَلگے ۔ تہٕ آس ییٚژ نِہ دند ٹکر آسی لگان ۔

پاگلن ہنٛز اکثریت آس نہٕ اتھ اَدلہٕ بدلس ہستی تہٕ کیٛازِ تِمن آس نہٕ حقیقتِ حال بروٚنٛہہ کنہِ زِ تِمن کیٛاز چھہٕ مۄل پیٚژ اَتھہ لِوان تہٕ نٕہُنٛس جایہِ کَشِش کڈان ۔ تِم کیٛنٛہہ یِمن عقلہٕ کام ہیٚنٛک عادت اوس "پاکستان زندہ باد" تہٕ پاکستان مردہ باد کُک نعرٕ آسی دِوان ۔ فساد ڈٕتھی ڈٕتھی ژٕکیٛو دۄہہ یِہ ترٛیٛیہِ لٹہ تہٕ کیٛازِ کینٛژن مُسلمانن تہٕ سِکھن آد یہِ نعرٕ لوٚنہِ تھہ طیش ۔

ییٚلہِ بشن سنگھس واری آیہِ تہٕ واگہ سرحدٕ ہُمہِ پار یِیٚلہِ افسر تَسُنٛد ناو رجسٹری منٛز درج کرنہِ لوٚگ ۔ اَمہِ پوٚز تِمی بیٚرٛژھہ "ٹوبہ ٹیک سنگھ کتہِ چھُہ ۔ پاکستانس منٛز کنہٕ ہندوستانس منٛز ؟"

یِہ بوٚزِتھ ٹُچھہ بشن سنگھس ووٚتھ زینَن دوٚر تہٕ وۄت ییٚژ دِنن باقے دِہرِ باجن نِشن ۔ پاکستانٕک سِپاہی روٚٹ سُہ تہٕ لگی تس دوٚیمہِ طرفہٕ نِنہِ ۔ اَمہِ پوٚز تِمی کوٚر پکنس انکار ۔ ٹوبہ ٹیک سِنگھ چھُہ یتیٚ تہٕ لوٚگ کرٛکہ دِنہِ ۔ " اوپڑ دی گڑ گڑ دی اینکس دی بے دھیانا دی منگ دی آف ٹوبہ ٹیک سنگھ پاکستان ۔"

سُہ سمجھوٗدکھ واریاہ زِ دوٚنۍ گوٚ ٹوبہ ٹیک سِنگھ ہندوستانس سٟتۍ ہرگاہ نہٕ گوٗمُت آسہِ تہٕ تتیٚلہِ ییہِ سُہ فورن سوزنہٕ ۔ امابوٚز تٔمۍ موٗن نہٕ ۔ ییٚلہِ زبردستی کٔرِتھ دوٚیمہِ طرفہٕ ہیٚنٛخ کوشش کرنہٕ آیہِ تہٕ سُہ بیوٚٹھ منٛزس اِستادٕ پیٚنہٕ ہُن ورم زٕ دِز نکٔن بہٕٹھ ۔ یُتھ زن دوٚنۍ تُمس کانٛہہ تہٕ ہیٚکہِ نہٕ تتہِ بہٕٹھ ڈٲلِتھ ۔

آدم اوس ہنا بے ضرر ۔ لہذا کوٚرکھ نہٕ تٔمس سٟتۍ کانٛہہ تہٕ جبر ۔ سُہ آو تتی اِستادٕ تھونہٕ ۔ امابوٚز اَدلہٕ بدٕلٕچ مزید کام آیہِ جٲری تھاونہٕ ۔

سٲری نیرنہٕ برونٛہہ پہَن ژٕرٛج بے حِس بِشن سِنگھس شِنۍ یاہَس اَلہٕ اَلہٕ کرِونۍ کرٕکھ نیرِتھ ۔ ہُپاری یپاری آیہِ واریاہ اَفسرٕ دُچھکھ یُس انسان پنٛدہ ہو وُری یوٚ بیہٹھ دوہ رات اِستادٕ روٗزِتھ چھُ ہُتھ پھِرِتھ شوٚنگِتھ ۔

یپاری کٔنڈۍ تارٕ وٕ پُتی رٔنز ہندوستان ۔ ہُپاری پیٚرٕ ہوے تارٕ وٕ پُتی رٔنز پاکستان ۔ منٛزس زمینہِ پُرٕن یُتھ کانٛہہ ناو اوسنہٕ پیوٚو "ٹوبہ ٹیک سنگھ ناو"۔

# پانٛژٕہ مۆختصر افسانہ

١

اُکھ اَرسات آو، بدلٕوٕن روٗخ تہٕ کٔرٕن یلغار، سرگنگارام
سِندِس پوتلِس، یِتھ ڈاجکہ لورِ آتھ پوتلِس کٔرٕکھ کنہٕ ورشن
اکھاہ دٔرتھ تہٕ مۆنگنس بُتھِس تارکول
دٔیمی سۆ شہراوِ پیرانہٕ پٲزار زٕچہِ تہٕ بنٲون مال
یہ مال، ہیتھ پوٚک سُہ بر وٕنہہ کُن۔
تہٕ گنگارامنِس پوتلِس ترٛاوٕن نٲلی
اما پوٚز پُلسہٕ ہیو واتتھ تہٕ گیہٕ گولین، شِنز ٹھسہٕ رازے شروع
پٲزار مال تراوٕن دول گو زخمی تہٕ تمی دِژ بٕہوکہ سُہ سرگنگارام
ہسپتال دوا لاگنہٕ۔



۲

شکم چاکھ کران کران وُژھ شۆراکھ نافہٕ لۄن پہن
ییزاہِ ڈۄر آیہٕ ژھیٚنِتھ۔
شۆراکھ ژٕھنَن داریس ژۄل آسہٕ مٕشرٕ نیرِتھ ژٕژٕژٕژٕژٕژٕژٕ....
غلطی گٔیہٕ۔

۳

نار لۄگ یاری ہسے محلس گوٗسۄر۔
اَما پۄز اکھ وان بچوٚو
اتھ وانس اوس بورڈ اوییزان
یتھ لیکھِتھ اوس
یتھ وانس بیٚیہہ چھہٕ مکانکہِ لداوٕک سورے سامانہٕ دستیاب

۴

کھکھر دِوان کوٗڈ فِتنہٕ گرَلو ماٗلکہِ مکان نٕبسرَ
اَماپوٗزُس وۄتھ تھوٗد ہٕ نن پَلوَ تہٕ ووٗنُن
فِتنہٕ گرہن کُن۔

"تہٕ ہے ماٗرو مےٚ، اَماپوٗز چھس کرٕی زہٕلو
یُتھنہٕ میانِس پاٚنِس لوٗٹ نِکس اَتھہ لاٚگو۔"

۵

"زٕلڈُونُو — زٕلڈُونُو — یُتھ ناژلہِ"

ہَنا زورٕ دور کرِتھ رُوٗنکھ شکار
ماہرواتل پٮ۪چ بروٗنٹھہ تہٕ یِتھی نیٚزٕ ہیٚتی ہَس ٹھُکنہٕ تس
وُژھ تھرٕ تھرٕ تہٕ کھوٗکھرِ زباٚنۍ دوٚپنہٕ نکھ
"مےٚ متہٕ ماٗری تو۔ بہٕ چھُس مقاطیلس پیٹھ گرآمت"

# سٕہہ تہٕ گبہٕ رٲچھ

نیٚنگٕر تھنگِس پیٹھ اوس اکھ گبہٕ رٲچھ کوٚٹ۔ دوٗر گٕنٛس جنگلس کُن بُتھ کٔرِتھ کرٕکھ دِوان۔

"ہے سٕہہ میا سے ہے سٕہہ میا آو۔"

وارہٕ ہس کالس روٗزِتھ سُہ کرٕکھ ترٛاوان ہے گرزان۔ ییلہ کرٕکھ ناد کران تس ہیور ہوٚکھ، لُبتی منٛز آیہ زٕ ترے بٔڑۍ ڈٕنٛڈ ہیتھ تہٕ ییلہ تِم سٕہہ ژھُنٛڈکھ تِم نوٚکھ گبہٕ رٲچھ کوٚٹ کٔنِس تیپھ کرٕتھ۔

پنٛچایتھ آیہ بُلاوہٕ۔ لُبتی ہنٛدۍ ساری گاٹُل گیہٕ جمع تہٕ گبہٕ رٲچھ کُٹہِ سٕنٛد مقدمہٕ سپد شروع۔ تِس اوس خطا یہٕ زِ تٔمۍ اُس غلط خبر دِژ مٔژ تہٕ لُبتی ہنٛدِس امنس خلل ترٛوومت۔

گبہٕ رٲچھ کُٹۍ وونکھ۔

"میانیو زِٹھبو! توہہ چھِو غلط زٕ دمُت زِ سٕہہ کیاہ اوسنہٕ آمت۔ امہِ لوٗز۔ سٕہہ ہیکہٕ ناتیھٕ؟"

جواب یوٗنس۔ "تس ہیکہٕ نہ پیٹھ۔"

"گبہٕ رٲچھی وۄتھکھ — تہٕ کیاز؟"

جواب میوٗلس — "جنگلات محکمکۍ افسرن چھےٚ اسہٕ چھِٹہٕ التجہ سٔپزٕ

زِ سہہ چھُ بدٕلیوٗمت۔"

لڑکہٕ وۄتھکھ — "توٚہہ چھِنا خبر زِ کینژہٕ دۄہہ برۄنہہ ییٚن چھُ

تٔمۍ کاپاکلپ کرنوٗمت" ، جواب میلوکس — "تہٕ اَس چھِ افواہ۔ اسہٕ نہٕ اوس جنگلات

والین پُرژھمُت۔ تمو چھُ اسہٕ جواب سوٗزمُت زِ کاپاکلپ کرناوِنہٕ بدلہٕ چھِ تِمن

ییٚنۍ ساری دَند کڈنہٕ آمتۍ۔ تہٕ کیازِ سہہ چھُ زندگی ہندین باقی دۄہن امتحانَن

آزماوُن یژھان تہٕ تِیتھۍ اَتھی زندگی گذارُن یژھان۔

گبہٕ رٲچھی کُنہہ وۄنُکھ۔ "میانیوٗ بزرگو! یہ جواب ہیکہٕ نہٕ اپزٕ آسِتھ"

ساری ویتِس یکہٕ وَنِہ" ، قطعن نہٕ اسہٕ چھُ جنگلات کس افسرس ییٚتھ یژھ تہٕ یژھ

تہٕ کیازِ تٔمۍ چھُ لوٗز دِتھ وَنِک قسم کھیوٗمت۔"

گبہٕ رٲچھی لڑکہٕ وۄتھک۔ "یہ قسم ہیکہٕ نہٕ اَپزٕ تہٕ اُسِتھ۔"

جواب دِلوٚتہ ہس — "ہرگز نہٕ۔ ژٕہ چھُکھ فتنہٕ گور۔ فتنہ کالم، کمیونسٹ

نہٕ چھُکھ غدار، ترقی پسند تہٕ نہٕ سعادت حسن منٹو۔

لڑکن ترٲو اَسن کھنگھالہٕ تہٕ وۄتھکھ درجواب

"شکر الله تعالیٰ کُن زِ بہٕ چھُس نہٕ سُہ ییٚنہ وِہل سہہ... نہٕ نہٕ چھُس

جنگلاتکۍ پیٚز زلوٗر افسر... ئیٚ... ...یہ... ..."

ینہ پانکی اکی زِیٹھ ژرٹ یہ کٔنتھ تہٕ وۄتھ۔

"ژِ چھُکھ لٔس گبہٕ رٲچھ رُسند زٕرٕکی سنز کٔتھ وٚری واوٚدٕ میٚٹھ مدرسن

ہنز لوکھن لوکھن جماژن منز شُرین پرناونہٕ یِوان چھےٚ۔ چوٚن انجام تہٕ آسہٕ تی

یہ تس گو... ... ...سہہ ییٚہ تہٕ کرِ لشہٕ۔"

گبہٕ رٲچھ لڑکن ترٛدٕد بیہ اسن

"بہٕ لۄکرٕ تس سیتی دپ۔ مے چھُہ ہمیشہ تس پننہِ نیک فرٛض ... ...
توٚہی کیاز چھونہٕ زانان زِ "شیر آیا شیر آیا"، کتھ لوٚیسہ توٚہہ تنین شُرُن یوز
ٲدمہٕ چھیو۔ سو چھُنہٕ از کالیچ کتھ۔ اُتھ چہ کتھہِ منٛز چھُہ شیر آیا شیر آیا۔
یکُ مطلب زِ ہوشیار روزِو۔ خبر چھا سہس بدلہٕ ماسیہ کاتھہ شال پور کُن۔ امالوٚز
اُمس جانورس تہٕ پزِ اسہٕ رُت کرُن۔"

ساروے لوکو ترٛدٕد اسن کھنگھالہٕ تہٕ وۄن ہس ــــ
"ژہ کوتاہ کھوژن بٔڈ چھکھ۔ ژٕ چھکھ شالس تہٕ کھوژان؟"
گبہٕ رٲچھ کٔڈ دتیکھ جواب۔

"بہٕ چھُس نہٕ شالس کھوژان تہٕ نہٕ سہس۔ امالوٚز یوسہ حیوانیت
ہمن چھہ تیتھ چھُس کھوژان۔ تہٕ اُتھی حیوانیتس مقابلہ کرنہٕ خاطر
چھُس بہٕ ہمیشہ تیار روزان۔"

میانو بزرگو!

"سکولو منٛز کٔڈ وُن سو کتاب یتھ منٛز سہہ آدنا وپح کتھ
چھے چھاپ سپنز منٛز۔ ہمہ بدلہٕ پزناوِ دِینہ لوٚ کتھ۔
اُکی زنٛدٕ بٔڈُن کوٚرِ ژاسہٕ لوٚکھ تہٕ وۄن تھ۔" یہ چھُ بُر چھ اسہ وتہٕ
ڈالان۔ لڑکہ وۄدتھ ـــ میانہ بیہ! زندگی چھتہٕ اکھ سیزر کھ"
بیاکھ بُڈہ گو جذباتی تہٕ وۄن تھ ـــ یہ چھُہ کافر، بے دین، فِتنہ
گرُن ہندا ایجنٹ یہ لڈیوُن زندانس۔ گبہٕ رٲچھی کوٚرِ لودکھ زندانس
امیہ رٲژ اکھ لبتی منٛز اکھ سہہ بزی باکھو۔ چھلہٕ چھانگر
گٔیہ اتھ علاقس۔

کینہہ ژٕلی لٔبتی ترٲوِتھ۔ باقی کھٕسیہٕ سپہن۔ گوٚنٛزٕ ہِن لار لوٗمت رٔتھ
لبوان لبوان یلہٕ سپہہ زنہٕ الس نش ووت، تہٕ گوس گبہٕ راچھر لارِکہٕ نظر
کرٕ ہے کیا؟

دند چیرِتھ تہٕ لبس۔
گبہٕ راچھی کیٚتِس آو اسُن تہٕ وٚدنہٕ لٔگس
بیوایا اِشیانہٕ زِ ژھٕلبوکٕر غلطی۔ نیتہٕ وچھہ یکھہ میانِس خوٗنس تہٕ زہر

# یہِ اَفسانہٕ

## (سکٕرٕ ہِنٛز شُر)

سعادت حسن منٹوٗ سُنٛد یہِ افسانہٕ چھُ نقوش لوٗہورکس افسانہٕ نمبرس منٛز چھاپ سپُد مُت۔ یہِ چھُنہٕ تہٕنٛزِ کُنہِ افسانہٕ سومبرنہٕ منٛز شامِل۔

یِمہِ افسانچ اکھ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یِمہِ افسانچہٕ پٔتِمہٕ شٔتے سطرہٕ چھےٚ منٹوٗ سٕنٛدِ پننہٕ اتھہٕ لیکھتھ تہٕ آخرس پیٹھ چھُ تہٕنٛد دستخط تہٕ تاریخ ییتھ کٔنۍ درج

پُھنسا کر زور زور سے [illegible] اور سوچنے لگی [illegible] حلق کی گلی سے نکل آئی ہے۔ پھر لوٹ آئی [illegible]
طلب کرنے لگا۔ "مجھے معاف کر دینا۔ باغ کی منڈیر پر [illegible]"
جگنو کی [illegible] بالکل خاموشی رہی، پھر اس کے لیے ایسا معلوم ہوا کہ رات کے گہرے اندھیرے میں اچانک [illegible]
جل بجھے ہیں۔ "میں تمہاری نیند ہوں پیارے بلبل۔"
بلبل نے [illegible] تیرے [illegible] تھا [illegible] اور بڑی نفرت آمیز [illegible]
ہو جاؤ، میری [illegible] ہے — اور اپنے رنگ کی سیاہی میں [illegible] سا رہی تھی [illegible]"

سعادت حسن منٹو

۱۸ جنوری ۱۹۵۶ء

تارِیخ چھُ ۴ جنوری ۱۹۵۶ء۔ اَمہِ پتہٕ اَنہٕ چھُ یَمہٕ افسانُک تارِیخ

منٹوٗ سٕنٛدِ رحمت مَنٛز گژھنہٕ پتہٕ کاہ رٕتہٕ تہٕ شُراہ دۄہ۔

اَغلب چھُ زِ یہٕ افسانہٕ چھُ ۴ جنوری ۱۹۵۵ء ہُک ییٚمِک مطلب

چھُ زِ یہٕ افسانہٕ چھُ منٹوٗ سٕنٛدِ رحمت مَنٛز گژھنہٕ برونٛہہ ژَتراہ سَتھ دۄہ لیوکھ

مُت۔ لہٰذا چھُ یہٕ افسانہٕ تَوٚبرُک۔

ییٚمہِ افسانٕچ بیاکھ خوٗصوٗصیت چھےٚ اَمیُک مَلامتی برتاو۔

یُس اَتھ بیوٚن انہار بخشان چھُ۔

برج پریمی

# کرٕہنی ٹُر

ییٚلہِ تٔمۍ دشمن پننِس سینس منز شرٚاکھ بوڈُو تٔمۍ دیُت امانت۔ تٔسندِس سینس پیُٹھ زخم لوٚگ تمہِ منز ہیوٚتُن دوٗزِل نار ہیُو خوٗنہٕ پھوار نیرُن تہٕ کینٛسرس کالس منز بنیوٚو اکھ لوکُٹ حوض۔ قاتِل اوس یہِ سورُے تماشہ وُچھان تہٕ ییٚلہِ خوٗنُک اکھ اکھ قطرٕ دزاو تہٕ مقتولٕ سٕنز لاش پوٗر پاٹھۍ اکھ خوٗنہٕ حوضس منز پھٹ، اَدٕ دزاوُس تہٕ وُڈیوٚو۔

کینٛہہ کالہٕ گوٚو تہٕ لوٚکٕٹ لوکُٹ جانا وار آیہِ بوٗل بوٗش کران اتھ حوضس نِش تمن توٚر نہٕ کینٛہہ تہٕ فِکرِ زِ یہِ ما چھُ تہندے بب اتھ خوٗنہٕ حوضس منز تبدیل گومُت۔ اَما پوٚز خوٗنہٕ حوضکِس ٹرکِس تل لجٕ اَکِس خوٗنہٕ قطرس سوٚسرلے۔ یہِ خوٗنہٕ قطرٕ اوس

تِمۍ دِلہٕ کِس کُنہِ تام کوٗنس منٛز ژھوٗرِ تھوٚوٕمُت۔ اَمِچ یہِ سوٗراے
اُس رَقصُک باس دِوان یِتھٕ منٛز نٕہ پیمہٕ بزرلوٗنِن ہیشوازن ہنٛز
چمک، اُس بُلبُلہٕ آسہٕ اَتھٕ منٛز موٗسوم شُرِن ہنٛز باشہٕ لبنہٕ یوان
سُہ اوس ووٕنہٕ ٹُلان تہٕ اَندری خوش گژھان۔ تس اوس نہٕ کُنہِ
کُنہِ ہُنٛد ہوش رووٗمُت زِ یِمہٕ ژوٗر ژرِ حوضہٕ پێٹھٕ کِنۍ دٲیرِ
بنٲوِ بنٲوِ تہٕ پکھ واش کڈٲی کڈٲی بیقراری سان وُڈان
چھےٚ یِمن ماچھہٕ دِل تھرہٕ تھرۍ تہٕ اغلب چھہٕ زِ یِم پھرشکہٕ ہِتی
دل ماژلن ہیٚنٛدو سیٖنو منٛز بیٚہِتھ تہٕ یِمن حوضس منٛز
ڈُسی۔ سو اُس یِہندِ نی مستی منٛز خوش۔ پێٹھٕ کِنۍ وُڈو کرن واجینو
ژھرلو منٛز ووٚن اکِہ ژرِ لیوٗسہٕ شکلہٕ صوٗرژ کِنۍ کانٛشرٕ اُس
باسان —— "تہٕ چھکہٕ ووہوان؟"

ژرِ کوٚر ڈُڈو لوٚت پھیٚن۔ تیز ہوٚہس منٛز پیٚن پان
ڈُلہٕ ناوان تہٕ نوزُک ریشمی پکھ ہشرادِن توشتہٕ سیٚتۍ تہٕ ووتھروُن
اَکس اُچھ اوٚش تہٕ یہِ اوٚش تھووٗن پکھن منٛز ژورِ۔
دوٚیمہِ اُچھ ہُنٛد اوٚش کوٚر اَمہِ اکِہ مخملی پکھہٕ سیٚتۍ پھوکھ رٕدتھ
صاف۔ تہٕ اَتھ اَشی قطرس گوٚو سوٚر تہٕ پیوٚو حوضہٕ چہِ
اُچھہٕ منٛز تِتھٕ پاٹھۍ زن تہٕ اُس کُنۍ تانۍ اَتھ سورمہٕ تہٕ ڈانجِمژ۔
حوضچ یہِ تبدیلی وُچھتھ وُچھ باقے ترسیو ژرلو ژرواری سہ

ژٕرِ کُن۔ اَچھو سێتی کوٚرُکھ اُمِس اشارٕ تہٕ یکدم وٕچھکھ پکھ تہٕ اُکِس ژٕہِس مَنٛز آبہٕ تمہٕ حوضس منٛز۔ ژٕہِس کھنٛڈس تھانٛتھر یوٚو حوضک وٕدزل آب۔ اَمی کٔرٕ پننہِ بجہِ توٚنٛتہٕ سێتی ہینٛزٕ بند توٚنٛتہٕ مُشرراوٕنٛخ تہٕ یمن منٛز پننہِ خوٗنُک اَکھ اَکھ قطرٕ ترٛاوٕنٛخ تِتھے پأٹھی کوٗشش یِتھہٕ پأٹھی مول تہٕ موج پننہِ نین ٹاٹھین شُرین وونہٕ مُشرراوِتھ کاشُہ سێتی دوا ترٛاوِ اَما پوٚز تِم کھُلن نہٕ کینٛہہ۔

تِمی زون اَتھ کیاہ مانہٕ مطلب چھُ۔ تِمس ووٚتھ اُچھو منٛز تیوٗتے سفید شیٖن ہیوٚہ آب یوٗت یہِ اَتھ حوضس منٛز وٕدزل اوس۔ سہٕ خوٗن یُس قاتلن اَمہِ اَکہِ سوٗرخ قطرٕ درآے ہیٚمی اُمِس ہیٚری کٔنہٕ وُڈٕو اوس کوٚرمُت تس اوس یہِ سفید آب تہٕ سێتی یُس تِمی اَمی ہٕنٛدِس وُجودس منٛز ترٛوومُت اوس۔

سہٕ تراوِہے بیٚیہِ یِتھہٕ اَدٕش اَما پوٚز سہٕ اوس خوشک گومُت۔ یوٚدوے کینٛہہ رُودمُت اوس سہٕ اوس تس اَچھن ہُندگاش۔ تِمی کوٚر اُتھی پیٹھ قناعت۔ تِمو وُچھ زٕ اَمی ہٕنٛدِ حوضکہِ آبُک رنٛگ ہیوٚتُن بدلُن۔ اَمہِ سێتی ووت تس سیٹھا تکلیف زِ زنتہٕ قتل اوسنہٕ سپدمُت۔ یێلہِ زن تِمی لوٗزمُت

ادٗس زِ قتلہٕ پیٹھ چھُ سفید کھوتہٕ سفید خوٗن تہٕ دوٗ زُل نار
ہیوٗہ بنان۔

دوٗہ کھوتہٕ دوٗہ ہیہٕ گوٚو خوٗنک آب رنگ بدلان۔ گوڈٕ
گوڈٕ ادٗس یہِ وُشُن تہٕ قرمزی تہٕ وارٕ وارٕ ہیوٚتُن یہِ چھوٚت
گرٛزھن۔ یہِ تبدیلی آیہِ سٹھاہ وارٕ وارٕ۔

تُمۍ ادٗس بوٗزُمت زِ یہِ قوٗدرت چھےٚ اٹّل۔ یوسہٕ نہٕ زانہہ
تہٕ تبدیل گرٛزھان چھےٚ۔ سُہ ادٗس سوٗنچان زِ قدرت گرٛزھ
چھےٚ۔ یوسہٕ پننہِ عناصروٚ سٟتۍ بناوِ مِتس چیزس ٹُکرٕ ٹُکرٕ
کرِتھ تصویر ساز سند پلیٹ چھےٚ بناوان۔ یتھ پیٹھ سُہ
اکھ پھرِ صاف تہٕ شوٗد رنگ کھارِتھ ہیوٚٹُس پیٹھ ہیتہٕ
بُدی رنگ کھاران چھُ تہٕ خوش چھُ گرٛزھان۔ اتھ منز کیاہ چھُ
خوش گرٛزھن لایق۔ اَمہِ بٲپتھ اکھ بےٚ گوناہ قتل کرناوُن۔
یہِ چھُ زیادٕ عجیب!

ہرگاہ بہٕ قاتلہٕ سٟتۍ جایہِ آسہٕ ہا بہٕ کیاہ سنا کرہا؟
تس ترٛاوِہا پننہِ اَتھو رٕ پہِ تارِ ہٕ ہٟتۍ مال ناٲلۍ۔ تس گوٚژھ
آسُن زر بافک اچکن ناٲلۍ۔ کلس تلہٕ دستار تہٕ تس وُڈٕ وُنِس
جاناوارس پیٹھ گوٚژھ سوار آسُن۔ یس زربانک زِین آسہٕ ہے
تہٕ ینہِ ہے قدرت بانوِ پہ مہریٚنہ بناوِتھ گرٕ انٛنہٕ تہٕ سٟتۍ

گرٛژھی آسنہٕ چھا تٔہندی خوٗنہٕ قطرٕ۔

سہٕ اوس سوچان کانٛژاہ شاندار سوٲری آسہٕ ہے
یوسہٕ نہٕ از تام کانٛسہِ تہٕ نصیب آسہٕ ہے پیمژ ہتر۔ سہٕ بناوِ
ہے اکس تھدِس کُلس پیٹھ پننہٕ اول تہٕ تتھ منٛز بناوِہے
پننہٕ مہریننہٕ ہِنٛد کٕٹھ۔ تٔہند بُتھ آسہٕ ہے حیا ستی
رنٛگ بٔرنٛگی پیٚھن یُتی کنہٕ ژۄر۔ سُہ تلہِ ہے وار وارہٕ پردٕ۔
یوت یوت یہٕ پردٕ تھوٚد وُدتھ ہے تیوٚت تیوٚت گوژھ
تٔہندِ دِل نفرتہٕ تہٕ حقارتہٕ ستی وٕلنہٕ یِن۔ تٔمی پِہندِ انتقامی
جذبُک اَلاو گژھہِ ہے زیادٕے تیز زن تہٕ آسہٕ ہن اُمی
پِہندِ نقابچہِ پیٚھ اَتھ پیٹھ تپلہٕ چھِر کاوکران۔ اما پوز سہٕ
دباوِ ہے یہٕ جذبہٕ دِلہٕ پیسے منٛز۔ زن تہٕ آسہٕ ہن یم ہوکھی متہٕ
پوشن ہِہٕندی وُتھر یمن لوکچو لوکچو شُری پھیٚنو لٕکہٕ یہٕ آسہٕ
ہن دِژ ہتر۔

ستہٕ راژ راتس کرٕ اُمی پننہٕ مہریننہٕ ستی لولہٕ
کتھ۔ یمہٕ بوزنہٕ پتہٕ سارِوٕے جانا وارو کوٚرُ یہٕ فاصلہٕ زِ
یمہٕ کتھ یوٚد دٕے ملایک تہٕ حوٚر تتہٕ پیٚنہٕ ننہٕ سازن پیٹھ
گیوٚن رتم تہٕ گژھن عاجزٕ تہٕ بربطن ہٕشنٛز تارٕ تہٕ گژھن
روٹہٕ نِہٕ یہٕ باتھ کیازِ چھُنہٕ گیونہٕ یوان۔ چھیکرس دِژ ملایکو

پنٕنۍ پنٕنۍ مہر ییٚنہٕ ڈٲکِن میٚٹھو تہٕ دِتکھ امانت۔ خوٗرد پھُٹرِ پننہٕ بربط تہٕ ہیٚنزٕ تارن بنٲوِکھ پھانسہٕ کٔرِ تہٕ کٔرکھ خودکشی۔

تس اُسی پننہٕ یِم خیال سیٹھاہ پسند آمٕتۍ۔ کیازِکہٕ یِم اُسی نمابہٕ پیٹھٕ آمٕتۍ۔ تمۍ ہیوٚت گیوٗن۔ تسنٛدۍ ہوٚٹ اوس زِنہٕ ٹیٚنزِ پاٹھۍ الہٲمی۔ ہرگاہ سُہ جاناوارن ہنٛدِس ہوٚجومس چھرا کیٚنہٕ باتھ بوزناوِہے۔ تِم کرِہن چھوکٕر لدٕ جاناوارن ہنٛدۍ پاٹھۍ ژھرٕٹہٕ ژھرٕٹ تہٕ پیٚی کران برٛہمہٕ راوِہن کلِین۔ تِم ژھیٚنہٕ ہیٚن پنٕنۍ نرم نرم لیٚنجن ہنٛدۍ پنٕنۍ دُتھر تہٕ تراوِہن آرامہٕ سان ہیٚنزن لاشن پیٹھ۔ پہاڑی کرِہن باغکۍ ساری پوش پننہٕ دُتھر یِمن پیٹھ قوربان۔ پِٹلۍ ہمتۍ اَڈٕ پٹلۍ لوٚہری تہٕ آسہٕ ہِن ہیٚنزن قبرن ہنٛدِ پارٲو باپتھ پیش پیش۔

تِمہٕ پتہٕ کرِہن ساری کلہٕ نوٚمرِتھ سوٚزن منزٕ دارٕ وارٕ شہیدن ہُنٛد ماتم۔ ستہٕ دُنۍ آسمانن ہنٛدۍ ملائک تراوِہن پنٕنۍ آسمانن ہنٛزٕ دارِ وٕتھِ تہٕ کرِہن اَمہِ ماتمہٕ کِہ جشنک نظارٕ۔ ہیٚنزٕ اُچھ ییٚن اَشہِ ستۍ بٕرِتھ تہٕ اَرشِچ یہِ دارٕ کرِہے پوشو ستۍ سجاوِتھ شہیدن ہنزن قبرن ترٔیِتھ زن ہیٚنزٕ تازگی رَٹِتھ زیٚر تالِ بُرقرار۔

دیان یہ قبرٕ روز وارہس کالس موجود۔ پوشن ییلہٕ
زونر چھ اژان تہٕ ؤہتھر خوشک گژھان تہٕ پننہٕ بدنہٕ
نشہٕ ہیون کرِتھ اُسی یِم وارٕ وارٕ اَتھ قبرِ پیٹھ تھوان۔

پیارٕی اوس بلبلس باغس منز یُس زن پننہٕ
خوبصورتی کنہٕ ساری پیٹھ دُنیاہس منز ناماوار اوس، اکھ
جاناوار یس ییمی سُند ناو بُلبُل یانے ہزار داستان اوس
اُمس اوس پننہٕ مدرِ آوازِ پیٹھ سیٹھاہ ناز۔ پوشن بوزِد
یہ سیٹھاہ مغرور بانچ پزِتھ اکھ ترٛاس اُمس پیٹھ فدا۔
اما پوز یہ اوس یہ کانٛشہٕ تہٕ چھکان۔ دوٚلی ہرگاہ زانہہ کانٛہہ
کانٛشہٕ پوشہٕ لوٗرس گنڈان گنڈان پننہٕ توشہٕ تہٕ یستی
دِگ دِتھ تھو در تکین اصولن خلاف برٛژدنہٕ ہشرٛاوِ ہے
سو اُس یہ ڈلِ زِ تہٕ شادمرگ گژھان۔

یہ وُچھتھ اُسی باغکی پھُلی ہیتہٕ تہٕ اَڈٕ پھُلی لوٗری اَندری
ڈزِتھ سوٗری گژھان تہٕ سہٕ اوس کنہٕ بالہٕ تھنگہٕ چہ کنہ کنہٕ پیٹھ تتھ
پاٹھو ہیہان زِ اَتھ کنہٕ گوڈٕنیہٕ اُمی سُند بار باسُن۔ یہ کتھ
اُس اُمس نالہٕ رٹان تہٕ پتہٕ اوس یہ دِلس وٕ ہگلاون دول کانہہ
باتھ گیوان۔ ساری اُسی رد بہٕ ہستی کلہٕ نومرادان۔

ترٛ آہہٕ سونچان زِ یہ کیاز چھیہٕ اَسہٕ چھکان تہٕ۔ اَسہٕ

مشز گیہ واریاہ اُندری دُزِتھ سوٗری اَما پوٚز اُمس چھُنہٕ سون
اَکھ زٔرٕ ہ تہٕ خیال ۔

اَکہِ ترٕ دوٚن شبنمی اوٗش ووٚتھران ووٚتھران ــــ

"یہِ مَتے وَنِتہٕ"۔ اُمس چھے ساٗنی پٔرتھ اَکھ ادا ناپسند ۔

کرِہنز ترٕ وُٹر ہس ــــ "ژٕ چھکھ اَپزٕ وٗنان اَکہِ لٹہِ وُچھتن مے
کُن ۔ دوٚ شوٗے اُچھ ہنس کوٗرِتھ۔"

کاسنی ترٕ گوٚو یہِ بوزِتھ دۄکھہٕ تہٕ ووٚن نس ۔ تی کر کھہِ
تہٕ تیاہ کیاہ کھٕ ژٕ ۔

سفید ترٕ زن تہٕ اُس جانور ہندِ طرفہٕ ۔ تسنہٕ ژٕ ٹھتھ
دوٚن نس ۔ "اُمس پٔتھٕ چھے دُنیاہکین سارِنی باغن ہنز ترٕ تعریفہٕ
تہٕ اُس واہراوِتھ ۔

بہِ ہیکہِ نیلس بنس تلِ کُنہٕ تہٕ جا یہِ پٔنُن ضمیر دِکھراوِتھ ۔

کرِہنز ترٕ اُس چھرا دُوٹھ کُملاوان تہٕ وَنان ــــ

"سفید ترٕ دوٚن پوٚزے ــ بنان چھُ بہٕ خوش کر نہٕ
باپتھ آسہِ ہن ووٚممت ــ بہٕ چھُس بیتینگ راژ۔"

سفید ترٕ پھوٚل یہِ بوٗزِتھ دِل تہٕ وٗژ ہ ۔

"حضور تہی چھوِ رازن ہندی راژ تہٕ اُسی سارِنے چھے تہنز
تعریف ۔ کرِہنز ترِ گو ندٕ ٹن نار شرارتہٕ ہوٚت کوٚ ڈٕن پکھن واتش

تہٕ ووٚنُن۔

"مےٚ مہ کراسِ منظور تھٲوِل۔ مےٚ چھےٚ اُمی ہٕنز دیی
پھٕٹی کرٕ پہنہِ ترِ یہ بے اَدَب کتھ وُنی۔ سارِنی ژٕرِہن ژٕاو لرزٕ
تہٕ گٔییہِ ووٚڈھتھ۔ ووٚنی یوٚدوے اَتھ کاہنہ رٕوٚد تہٕ سو اُس
کرِہنٕز ٹُر۔

اَمہِ دِژ نہٕ تتھ کُنہِ پلَس کُن نظر تہٕ یتھ ہپھُٹ سہ
بڈٕ دم دار یاٹھی ہِہتھ اوس۔ کرِہنٕز ٹُر اُس اُمی ہٕندٕ پن کھورن
تل۔ بٕنیٚ شانہٕ تھوٚد تھاوِتھ روبہِ داپہٕ سان۔ یہِ اُس گوڈٕ نیٚخ
وِزِ ییلہِ اُمس ماری مُندِس بلٕ بچسِرس اَمہِ قسمہٕ تکبرُ وُچھُن پیو۔
تس باسیو یہِ شانس خلاف۔ سہ لوٚگ کُنہِ پلہِ پیٹھٕ بوٚن
وُسِتھ اور یور کرنہِ زلنا تہٕ اوس چھل قدمی کران۔ کرٕ پہنہِ
ترِ ہرونہٕ کُنہِ نہٕ ہیرِتھ دژاد یتھٕ پاٹھی زنتہٕ اوس اُمس پننہِ
غلطی ہُند باس دِوان۔ یُتھ سہ کرِ یہِ غلطی دُرست
آما پوٚز کرِہنٕز ٹُرِ تہٕ اُس نہٕ لوکچہِ ماجہِ ہٕنز۔ تمہِ کوٚر نہٕ یہِ فراخ
دِلی ہُند تحفہ قبوٗل۔

یہِ وُچھتھ گوٚد بُلبُل نارٕ نار تہٕ لوٚت پھیرِتھ دوٚٹھس۔
"باسان چھُم زِ ژٕ تے بہ رہٕ نٕز نوٗد تھس نہٕ بٕر۔
اُمس کُن وُچھنہٕ وراَیی وُڈٕرِہس کرِہنٕز ٹُر۔

"تیوٗت کیاہ چھکھ ژٕ ژٕ نیٚے تھوٚی کانہہ یاد ـــ ژٕ چھکھ اَکھ موٗمولی کانٹر، ہتھی ییٚتہٕ لچھہٕ بُدٕ ڈولان چھہٕ۔

بُلبُل گوٚو سٹھاہ نادم تہٕ وٚدُ تھٕس۔

" بہٕ کریٚیمہٕ باغُک سورُے حُسن چاہنِن قدمن فِدا۔

کرٕ یہنہٕ تیرِ آو وُٹھن ہیچھٕ زہر لوٚرُت اَسُن۔ تہٕ وٚدُ تھٕس۔

"ہیٚے نِش گوٚو حُسن سُے یتھ منٛز رنگہٕ یکُت تہٕ ہشر آسہٕ۔

رنگن ہُنٛد بے جوٗر تہٕ بے ترتیب مِثل گوٚو نہٕ حُسن۔

"ژٕ یوٚد دے حُکم دِکھ بہٕ تراوٕ ہٕنٛزٕ وہ زج لٹ ژٕ نیٚے برد ہنہٕ کنِہ ژٕ ٹھِھ"۔

ژٕ تھوٚو ہٕنٛز لٹ اُتی۔ اَتھ بَنہٕ تہٕ سُرخاب ہِٹنز پکھ ـــ میٚیاذٕ لٹ گژھہٕ وُچھان یوٚسہٕ سنگِ اَسوٗد کہ باٹھی کرٕ ہنٛز تہٕ آبنوٗسکی پاٹھو چمکدار چھے۔

یہٕ لوٚ زٕ تھٕ وٚدھ اُمس جیٚیر تہٕ سوچینہٕ وراٹے وٚدھ تہٕ ژٹن کرٕ ہنٛز ٹٔرنالہٕ متہٕ۔ خبر کیاہ ژٕ آنھ ژٕ وٚل یتھ تہٕ مٕنٛجن تس ماٗنی۔

" اٹے ییٚمہٕ باغٕچ مغروٗر ناٗر وُزملی امیٚ دِزِ ماٗنی"۔

کینٛترن ژٕ ہین کرٕ کرِ یہنہٕ تیرِ ژٕ ھو بہٕ۔

سیٚوٗد باسیوٗد زِ زن تہٕ چھ راٗتہٕ ہِنٛدِس اَنہٕ گٹس منٛز ژٕ اٗنگی

دزان ۔ دُزٕنس ۔ میانہٕ ٹاٹھہٕ بُلبُلہٕ بہٕ چھس چاٹنؠ دلب
بُلبُلن دِژٕرس کٔنی رِگ تہٕ دِیہٕ سان ووٚنس ۔

وَفاگرٕژھ ۔ میانِہ نظرن شِہ گرژھ دوٗر ۔ تہٕ پننہٕ دِلک
کرٕ ہوشیار گرٕژھو وُمبرِ پننہٕ رنگہٕ کس کرٕ ہوشیارس ستی رلادان ۔



# اِصلاح

"ژٕ کُسُو چھکھ"

"کُسُو چھکھ ژٕ"

ہر ہر مہادیو۔ ہر ہر مہادیو

ہر ہر مہادیو

"ثبوٗت کیاہ چھُے؟"

"ثبوٗت۔ مےٚ چھُ نادٕ دھرم چند"

"یہِ گوٚو نہٕ کانٛہہ تہِ ثبوٗت"

"ژوٚرَد ویدَد منٛز پرٛژھو مےٚ کانٛہہ تہِ"

"اَسی زانَو نہٕ وید کیا گوٚو۔ ثبوٗت کرِ پیش"

"کیاہ ہیوٚہ؟"

"بیزار کرِ ڈیوٗل"

"مارِ ڈولو مارِ ڈولو ـــ ینا ترٛاوِیوٗن"

"ٹھہرِ۔ ہنا کرِو قرار ہیوٚہ۔ بہٕ ہا پُس تُہنٛدے بوے۔ دیس پنٛتھ"

ٿُهندے. ٻوے ڇپُس۔"

"تيله ڪئيا ڄڇهے يه وَنن گآهشر۔"

"ييتِه تلاته مُنزي بہ لِڪان اوسُس ءُ ادس ساهين دُشمن هُند علاقِه۔ توءِ بہوءِ سے مجبوُرن ٻِنُ حُليه بدلاوُن — فقط ٻِنُ زُد بچاوُنِه موکهه — يپٿڙے ٻهيم غلطي اَماليوُن باقي ڇهُ سوُرُے ٺهڪ۔"

"دُ ڙآدي ڏُون غلطي۔"

"غلطي دُڏ آدي ڏُکه — ته ٿهتي ستهِ وُڏيوُ دهرم چندِته۔"

# وٕژھنٛے ۔ اَکھ تاثُر

اختر محی الدین

"وٕژھنیٛ" چھُ ناو تمہِ کِتابہٕ ہُنٛد یتھ منٛز ڈاکٹر برج پریمی سٕنٛدۍ لیٚکھمٕتۍ کاشُری مقالات جمع چھہ۔ مقالاتن ہُنٛد کُل تیداد چھُ ژٕ وداہ تہٕ کِتابہِ ہُنٛد سرنامہ چھُ کاشُرِ زبانۍ ہٕنٛدۍ عہد ساز ادیب جناب امین کامل صابُن لیوکھمُت۔ امہِ علاوٕ چھےٚ یمن مقالاتن مُتعلق پنٕنۍ راے سرکردٕ افسانہٕ نگار جناب بنسی نردوش) صابن دِژمٕژ۔ کِتابہِ مُتعلق زان تہٕ بیٚیہ کینٛہہ کتھہٕ چھےٚ نوجوان ادیب جناب پریمی رومانی صابن میانۍ کتھ ناوۍ مضمونس منٛز لیچھمٕژ تہٕ یتھ گٔنڑ چھِ یہِ لوٗبہٕ وٕنۍ کتاب اکھ ہتھ تہٕ پانٛژٕ تریہ صفحن پیٹھ پھٔہلِتھ۔ جلد چھُس موٚٹ تہٕ مضبوط تہٕ مل درُق تہٕ چھُس دیدٕ زیب۔ قیمتھ چھُس محض پنٛژاہ روپیہِ یُس نہایت

موزوٗن چھُ۔

کتابہِ منز شامل مقالات چھہِ بیوٚن بیوٚن موضوعن مُتعلق لیکھنہٕ
آمتی۔ گوڈنیُک مضمون چھُ "پریم ناتھ پردیسی، فن تہٕ شخصیت" یتہٕ
دِنہٕ یہِ کتھ یِمہٕ باپتھ زِ پردیسی سورگہٕ واسی آسی کٲشرِ ہندی تم استھان
پموفنِ افسانہ نویسی کٲشرِس مزازس کیُت موافق بنود۔ یمہ دِ
کٲشرِس منز کتھہ تہٕ ڈلیلہِ لیکھنُک تہٕ وکھنُک ہُراہ کالہٕ پیٹھے پیوان
ادس، یمیُک۔ لوٚڈ ثبوت کتھاسرِت ساگرہِش عظیم کتاب چھےٚ یمہ
دٔہِمہِ صدی عیسوی منز یانے از بروٚنہہ اکھ ساس وٚری سوم دیون
اَکھ وجوٗد لبان چھہ۔ مگر اَمہِ پتہٕ کیا سُپد تہٕ چھنہٕ اَسہِ نِش محفوظ
البتہٕ کُنوٗہِمہِ صدی منز پیٚلہِ مثنوی لیکھنُک چلے جاد لوٗگ کٲشرِس
منز اَیہِ داستانہٕ تہٕ کتھہ نوِ سرِ لیکھنہٕ۔ چونکہ افسانہٕ زِ یمن چیس کتھہ دِنہٕ
اکھ بیوٚن صنف لہذا دلوٚ اُسی زِ یہِ صنف اَنی کٲشرِس مزازس منز
پردیسی صابنے سارِوے برونہہ۔

اُمس پایہِ مُبتدِیس افسانہٕ نگارس گژھہ اَسہِ سہ قدر یوسہ
شوٗبہٕ ہے تہٕ پزِہے۔ مگر ڈاکٹر برج پریمی صابُن یہِ مضمون چھُ سانہٕ
طرفہٕ یہِ فرض نِبھوالان تہٕ اَسہِ کٲشرِن پزِ اَمہِ کنہِ ڈاکٹر برج
پریمی سُند مشکور روزُن۔ اَتھ کتابہِ منز چھہِ اَمہِ علاوٕ بییہِ زٕ مضمون
یِم پردیسی صابنہٕ حوالہٕ سیٹھا اہم چھہِ تمن منز چھُ اَکھ "کٔشیرِ منز

اُردو ادب" پٔتہٕ بیٚیس کاشُر کلچرٕچ عکٲسی پردیسی ہندِس فنس
منز"۔ یمن دۄن مضمونن منز چھُنہٕ صرف اُردو ادبس کاشرن ہند
دیُت وشٔرھناونہٕ آمُت بلکہ اردو ادبس منز کاشرِ کلچرٕچ صحیح نمایندگی
رُنگی وٕل ہٕ طریقہٕ تہٕ وشٔرھناونہٕ آمِتی۔ اردو افسانہٕ نگارن منز
اُسی کرشن چندر، مہندر ناتھ، سعادت حسن منٹو، اپندر ناتھ اشک
بیتر ہمو کٔشیرِ متعلق افسانہٕ لیکھان۔ مگر یمو منز اُس نہٕ اَکی تہٕ
کٔشیرِ تہٕ کاشُر سماج نزدیٖمُت۔ یمو ادس افواہن بوزمُت زِ کٔشیر
منز چھِ کوٚہ، سبزار، پانژادرِ تہٕ بونہٕ۔ یمو اُسی گلمرگ، یوسمرگ
اَچھہ وٕل، نشاط، شالمار بیتر ناو بوزِمتی۔ یم اُسی پننے نادن
تہٕ تصورن تھپھ کٔرِتھ کاشرن لوکن ہٕنز اکھ مکروہ صورتھ پیش
کران۔ یوسہ نہٕ صحیح اُس تہٕ نہٕ قابلِ قبول۔ اَتھ خلاف کوٚر گوڈنکہٕ
لٹہٕ صدا یہٕ احتجاج پردیسی صابن بلند تہٕ قابلِ قدر افسانہٕ لیکھتھ
کوٚرن کٔشیرِ ہند اصلی سماج اصلی کلچرٕ تہٕ رہنٔرٕ روایژ اُردو زبانۍ
منز پیش۔

یہٕ اوس پردیسی صابُن اکھ اہم کارنامہٕ مگر یہٕ کارنامہٕ
شیراگُن تہٕ اَتھ پیٚٹھ رکھ مُہر کھارٕنۍ آس باقے۔ ظاہرہ دنہٕ زِ ہے
یہٕ دادِ یاہس کانسِ بلہٕ اگر نہٕ ڈاکٹر برج پریمی قلم تُلِتھ اَتھ پیٚچھ
ناوہے۔ یہٕ چھُ ڈاکٹر برج پریمی ہُنز اکھ اہم کام تہٕ آمہٕ کنۍ چھُ

اسہِ پیٹھ تہِنٛد بوٚڑ احسان ۔

ڈاکٹر برج پریمی ہٕندی یم مقالات چھ بیٚیہِ نوٚکتہٕ نگاہ رٮ۪تھ تہٕ اہم زِ اَتھ منٛز چھ اردو ہٕندی کِس اہم ترین افسانہٕ نگار منشی پریم چندس تہٕ تہِندِس فنس متعلق ترٛێن مقالہٕ ۔ "منشی پریم چند تہٕ تحریکِ آزادی" (۲) "منشی پریم چند ہٕندی افسانہٕ" (۳) تہٕ "منشی پریم چند بحیثیتِ انسان دوست" ۔ یہِ کتھ پزِ اَسہِ ماننہٕ زِ کٲشرِس تنقیدس منٛز چھنہٕ یتہِ مو پنٛژہ ؤری یوٚ پیٹھ اَز تام زِ ہیٚنہٕ تہٕ کٲشرِ اکِس افسانہٕ نگارس متعلق کُلہم نظر اکھ ترٛاوٕنہٕ افسانن متعلق چھِ کیٚنہہ مضامین یم افسانہ نگارو عموماً پانے لیکھِمٕتۍ چھ مگر بیٚین بیٚین افسانہٕ نگارن متعلق یا تہِندِس فنی ارتقاہس متعلق لیکھنٕچ چھنہٕ کانٛہہ رلوایتھ ۔ اتھ منظرس منٛز چھےٚ ڈاکٹر برج پریمی سٕنٛز کام اکھ بنیاد ترٛاوٕنٕچ حیثیت تھاوان ۔ یمو چھےٚ کٲشرِس منٛز پردیسی، منشی پریم چند تہٕ سعادت حسن منٹو ہٕنٛز زندگی تہٕ فن پننہِ نوٚکتہٕ نظرٕ رٮ۪تھ مختلف گوشو سام ہیٚژمٕژ ۔ ڈاکٹر پریمی یس چھ کٲشرِس تنقیدی ادبس منٛز پننہِ اَمہِ ورتاوٕ کنۍ اولیت حاصل تہٕ یہِ کتھ نظرِ تل تھاوِتھ چھےٚ یہِ کتاب کٲشرِ ادبہٕ باپتھ نہ صرف اکھ اہم بُرژر بلکہِ آیندچہِ تنقیدی عمارژ ہٕنٛدِ باپتھ کیٚنہہ گنٛز تہٕ ۔

بہٕ چھُس پننِس دوست جناب ایلن کاٹِل صابس ستی اتفاق کران زِ "یمہٕ کتابہِ منز چھُ ڈاکٹر برج پریمی پننِس سعکھ ساوی یمہٕ کاںسہٕ ژھونڈِ دِنس کُن تہٕ پننہِ یژرٕ نتھ بدِ کڈنس کُن لوگمت تہٕ اتھ چھُنہٕ کاہنہ شک زِ اُمی بندی اۄردو تہٕ کاشر لیکھ ہا کُلیم پاٹھی نظرِ تل تھٲوِتھ چھُ قابلِ داد کام کرمٕژ۔

کتابہِ منز چھِ باقی مضامین یمو عنوانو۔ "غالب شخصیت تہٕ فن" "غالبہٕ سنز چیٹھ"، "مولانا ابوالکلام آزاد بحیثیتِ انشا پرداز"۔ "بہادر شاہ ظفر مجاہد آزادی تہٕ شاعر"۔ "اۆزچ اۄردو ناول ہم عصر اۄردو نظم"۔ "کینہہ زنانہٕ اۄردو ناول نگار" یمن سارِنی مضمونن چھےٚ پننی پننی اہمیت۔ یم چھِ اَسہِ کاشُر پرن والین اۄردو زبانی ہندین اہم شاعرن تہٕ اُدیبن مُتعلق شیچھ خبر دِنہٕ علاوٕ یمن مُتعلق ڈاکٹر پریمی سنز ذاتی رایہِ، ہنز ژینہٕ دِن دِوان۔ ییمہِ کنہٕ کاشرِ تنقیدِ چ زبان وُستھ لبان چھےٚ۔ یہ چھےٚ سو کام یوسہٕ کرنی پزِ ہے تہٕ سعٕ دِلہٕ کرنہٕ آمژ چھےٚ۔

آخرس پیٹھ چھُس بہٕ یمن مقالاتن ہنزِ سومبرن کرن وٲلِس عزیزی پریمی رومانیس تہٕ شاباش تہٕ مرحبا کران زِ یمو چھےٚ نامساعد حالاتن باوجود یہ کتاب مرتب کرِتھ تہٕ چھاپِتھ۔ نہٕ صرف پننِس سورگہٕ وٲسی پتاجی سنز کام ریٖتھ کھٲژ جمعٕ

ٹٔلی کرِ ماجہِ کٔشیرِ ہندِس اُکس ژٕکی دار ادلار پٔسندِ خٔتری یتہٕ
بُنٕ فرض سرانجام دِیُت مُت۔ مےٚ چھےٚ دٕہ میٖد زِ
کٲشرِ اُدیب تہٕ نقاد کرن اَتھ کِتابہِ تمہٕ کُنٛ استقبال
یِتھ کُنٛ اَتھ پیٚزِ تہٕ شوٗبہٕ۔

امین کامل

# وژھنے

برج پرٛیمی اوس مضمون تہٕ لیکھان تہٕ افسانہٕ تہٕ تنقیدی باش تہٕ اوسُس تہٕ ژھونڈ ژھارٕ آرہٕ شُد مادٕ تہٕ۔ لوکُٹ پأٹھی نہٕ بلکہٕ بڈٕ عنوانہٕ۔

اَمی چھہ پننین خیالن ہُنر باوتھ اُردوہس ستی ستی کأشرِس اَندر تہٕ کرٕ مُتر اگرچہ مۆلی اوس یہٕ اُردو لِکھأری تہٕ تِتھی اندر چھہ اَمہِندی مولہٕ تحریر موجود۔ کأشرِس اَندر تہٕ چھےٚ اَمی اُردوچی کمی گرٕ مُترٕ تہٕ اَمی ژوٚلہِ چھُن کأشرِ زبأنی ہُنٛد علم مالدار بنوومت۔ کأشرِ زبأنی اندر بیٚیس کُنہِ زبأنی ہُنٛدی ادب پارٕ پھرِتھ یا تمہِ زبأنی ہُنٛدین ادیبن ہُنر زان کرناونٕچ کامہِ تہٕ ووٚتھ ژھانٛڈ چھُ کأشرِس اَندرےٚ مۆلہ لیکھنہٕ کھوتہٕ پیٚشکرِتھ کأم۔ تہٕ زانن تمےٚ یموتھین صحراون اندر زانہہ کأل کھور آسہِ ترٛوومُت۔

پہٕہِندی اَکہِ رفیق تہٕ نامدار اُردو افسانہٕ نِگار پُشکر ناتھ صابن چھُ اَکِس جایہِ لیوٗکھمُت زِ یِیلہِ سون ادبی اَدٕندٕ پوٗکھ مصلحژن تہٕ گنٛڈ بنٛدین

ہُنٛد شِکار سُنٛد، برج پریمی پھیوٗر پرٲنِٛن ادبی شخصیژن ہُنٛد خولہٕ خطاتہٕ دِیُت
پھرنس کُن۔ پُشکر ناتھ صاب چھُنہٕ اَتھ کانٛہہ تخلیقی عمل مانان بلکہٕ چھِ اَکھ ژھر
تارٟخی عمل، یوٗسہٕ مورخن ہُنٛز کام چھےٚ۔ نَہ اُدیبن ہُنٛز۔ مےٚ چھُنہٕ اَتھ رایہِ سٟتۍ
کُلّی اِتفاق۔ پُشکرناتھن چھُ محض اَکھ بیٚکھٕ ڈاٹی تہٕ برہاری تجزیہٕ کوٚرمُت
ہرگاہ تہٕ اُسی اُدیب (مورخ کتھ زانہٕ ادب تہٕ تمیُک نہ آدٕک جار) پٔرانِن ہُنٛد
دِیُت پھِرود، تِہنٛز ادبی خوبی تہٕ خٲمی پرکھاوو، ادب کتھ پاٹھۍ رُوزِ سمیہٕ سمیہٕ
نوٚو رنٛگ تہٕ اَنہار رٹان۔ اَدبس چھُ یوٚہے مسلسل پھیٚرٕ سرنانہٕ گی تہٕ زوٗنہٕ تہٕ بخشان
برج پریمی ین چھُ مےٚ باسان یوٚہے پٔزر زِ اَتھ کٲشرِس منٛز اُردو اُدیبن
پیٚمُت تہٕ اُردو ہس منٛز کٲشرین اُردو اُدیبن ہِیُٛژ قلم تُلمُت۔ اَہنٛز یہ دُطرفانہٕ
نظر پلن چھُ سانہِ خٲطرٕ اَکھ نیک فال۔

برج پریمی سٕنٛدی مضمون پٔرِتھ (لوٚتہٕ ولّے ریٖڈیو کِتھ باتھ ہیٚتھ)
ہیکہِ ہر کانٛہہ شخص اَہنٛز فکر تہٕ باوٕنہٕ ہٕنٛد انداز رُورکانٛہ ژھینٛتھ۔ اَمی ہیٚمس
مُتعلق تہٕ لیوٗکھمُت چھُ، تِہنٛز زندگی، تِہنٛدی رجحان، تِہنٛد سیاسی اَوٚند لوٚکھ
تہٕ چھِن تِہنٛدین ادبی کارنامن لرِ لوٗر بروٚنٛہہ پکنوٚومُت۔ اَمہِ سٟتۍ چھُ سُہ
اُدیب پننٛہ پوٗرٕ جہارٕ تہٕ رنٛگ پٔہ بیہ نظرِ تل لوان۔ یہ چھےٚ برج پریمی سٕنٛز
فنکٲری تہٕ نظر دُسجارٕ رٕچ بٔڈ دلیل۔ اَتھ سٟتۍ شوٗبہ بیتر دُچھن زِ پیلہٕ تہٕ کانٛہہ
اردو اُدیب کٲشرِس منٛز قلم تُلان چھُ۔ تِہنٛدین جملن ہُنٛد گرٕنتھ تہٕ لفظ
بھنڈار چھُ ژری پاٹھۍ فارسی دار اُردو آیہِ رٕوزان۔ مگر برج پریمی

چھُ اُردوٚ پیٹھ کیتھ کُرِتھ تہٕ سیٚود دلوٚد کأشُر لیکھان، تکیازِ یہ چھُ اَمیہ وِزِ سوٚنیان اوسمُت کأشِرِ پأٹھۍ۔

برونٛہہ پیٚمی سُنٛد مولہٕ منزاز چھُ میانہِ خیالہِ ژھوٚنڈ ژھآرتہٕ امی ژھوٚنڈسار چھُ یہ تنقیدس کُن تہٕ لوگمُت۔ پننہِ لِس تنقیدی ورتاوس اندر چھُ اَمی پنُن قلم پرتی پأٹھۍ کرِ روٚٹمُت۔ نہ چھن علمی لِتہٕ کھُری کِس ہواہس گیٚنجہِ گنجہِ متھ، نہ چھن ژھرہ پرکِس شاٹھس سیکھ پھِر میتھ۔ اُمی چھےٚ اکھ سوٚم تہٕ سوٚنتھر وتھ ژٕٹمٕژ۔ شوٚبدار تہٕ اثردار۔ کینٛہہ افسانہٕ تہٕ چھِن لیکھی ہتی ہمِن منز منشی پریم چند پردیسی تہٕ پریم ناتھ در ژھایہِ گژھی کران درشیٖنٹھ پِچھ یوان۔ شاید اوٚکنۍ زِ اُمِس چھےٚ پتھ کھورِ ورگن ہُنٛد دِلس سِنخ ژٕکھ۔ اوسمُت۔ تکیازِ اُمی چھُ پانہٕ اکھ کرِ پیٹھ تہٕ کُٹھ زندگی دُچھمٕژ۔ اَمی دگہِ چھُ یہ "کأشِر یتس" یعنی پننِس شاندار تہٕ سعہ کھ ساو پتھ کالس ژھوٚنڈ دِنس کُن تہٕ بنیٖنۍ پرزُنٛتھ بدِ کڈنس کُن لوگمُت تہٕ اکھ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ اُہنٛدی اُردوٚہ تہٕ کأشِری لیکھہ کلہم پأٹھۍ نظرِ تل ژٕتھ چھِن قابلِ داد کام کرمٕژ۔

اُہنٛدِ ین ہمیٚن ادب پارن شوٚبہِ اسِ قدر کرُن۔

# برج پریمی ـ میوٚن ستی لوٚج

موتی لال ساقی

برج پریمی :- یہٕ ناد ییلہٕ تہٕ مےٚ زیلۆ کھان چھُ یا پران پران بُتھِ چھُ ہیوان تمہٕ ساتہٕ چھم ستھ سمنار اَچھن برونٛہہ کنہٕ ہم ہوت خانہٕ نظرِ یوان ییمن پیٹھ اَسہِ زندگی ہندۍ شیٚٹھ مۆڈری دوے ترٛہہ وُری یکہٕ وٹہٕ گزٲری۔ اَسی آسی دوست تہٕ دوست ہُندِ معراج دوستی آس۔ زندگی ہندِس اَتھ سفرس منٛز آے واریاہ لوکھ اَسہِ ستی باج دِتھ کرنہٕ۔ مگر پننہٕ ہاٹھو ہیتھ ہیٚژکھ پننہٕ وتھ۔ اَسی رُوٚدی چلان چھۆکیتھ نہٕ ژُنی۔ اَز تہٕ ہرگاہ بہٕ تمن لۆکن ہندی ناد ہیمہٕ یمو اَسہِ زِڈ کٕڈ، نارو وتھ۔ گژھن ونن بانن بیٚیہ لۆن۔ دوستی تہٕ دوستدٲری گژھہ ساہرے پرتھ تہٕ وُنھتہ۔ اَکھ شخص کوٚر اَسہِ ستہ تیشتھ درتاو زِ ہرگاہ گلاب گژھکی دِتہٕ گمتھ اَسہِ وُسیلہ آسہِ تَن نہٕ آہمتی۔ اَسی آسہِ ہوجانہٕ مرگ گامتی

برنٛچ پرێمی اوس مخلص مگر تسٕندِس اخلاصس کُس کرِ ہے تتھ زانس
منز پزرٕ ییلہِ پزرتھ شخصس سىتھ بُتھی چھنِدٕس چھ۔ اخلاصن کھور
نہٕ دارس، ڈرٕی دادن رۄد سیاسی آوارٕ گردی کران۔ نتیجہِ دراو نہٕ
تسٕندِس امرٕ ہتھ باگرن وألِس تلمس پیٚیہِ بیرٕ۔ ہتہ ییلہِ نہٕ
واپس پھیوٗر اکھ ڈیٚل اوس نیپرتھ گومُت۔

نہٕ اوس تھٕکہِ افسانہٕ نِگار، نثرس منز اوس شاعری کران
اماپوز سیاسی چالبازو کوٚر تسٕند واریاہ وق لوٚر یاد ییٚمبک مے
آخری دمس تام افسوس روزِ۔

مے چھِ تم لۄکھ یہٕ برونہہ کنہٕ پمو پریمی سنٛد اکھ چیزٕ پوٚرمت
اوسنہٕ۔ مگر تہٕند انتر دھیان گژھنہٕ پتہٕ لأگتھ بڈٕ دعوٰی کرنہٕ۔ یہٕ
رۄدُس یہٕ زہر شروٗ پران۔ یہٕ اٗز تہٕ چھم شروٗ پرُن پیوان۔ افسانہٕ
پتہٕ پھیشِر رٕتمو تحقیقس خاص کرِتھ کٲشرٕ ہندِس تہٕندیبی درتس
کُن ترجمہٕ تہٕ لیکھِن سٹھا جان مقالہٕ مگر موتن کرِس یہٕ یادری۔

کٲشرِس کُن اوٚن مے نہٕ زبردستی کرِتھ مگر نہٕ ہیوٚک یہٕ
سرٕ ہم کأشرٕ تُک سیدِتھ۔ برنٛچ پریمیٚن کأشرِس تہذیبس دیُت
روزِ ہمیشہ یادگار۔ او۔ اکھ کتھ چھےٚ زٕ پرن والین بین تسٕندی
تحریری رنگدار آنکھ تھوٚد تلیتھ پرنٕ۔ یہٕ چھا کینہہ کم تادن زٕ اُکی تم
شخصن یس ہنٹس ٹرونگ چھ دزان نیہ پریمی سنز سعادت

منزٕ یِمن مُتلق یِچھہٕ نِصف کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ حوالہٕ دِنہٕ رٕدٕمٕتۍ
پننہٕ ازٕ خسارٕ رٕتھ ۔ اَتھ اَتھرے نیوٚ اُکھ دُنُدٕ پرٕ لاوٕرِتھ تٕشند
اَکھ سرِ تھوٚبٕتھ مضموٗن اَکِس مقتدر رِسالس منٛزٕ پننہٕ نادٕ چھاپتھ
یِمہٕ چیز دِگنٕہ نٕہ پرمیشس کانٛہہ دَدایہ دوزٕ گوٚ تحقیقہٕ دِنہٕ دٲنس
گژھہٕ رُسوٲیی"۔

جوٗم ۔ اپریل ۱۹۹۶ء

# وِژھنے

شاہد بڈگامی

برج پریمی اوس بنیٲدی اُردو زبانۍ ہُند اکھ بوڈ افسانہٕ نِگار، یوٚزِ تمہِ سندین اردو افسانن منز تہٕ چھہ کٔشیرِ تہٕ کٲشرِ ہنز دگ جایہ جایہ محسوس سپدان۔ یہٕ زانن برج پریمی یالہٕ پانہٕ پیٹھے ییلہ سُہ بڈگامہٕ سانہِ ادبی تحریکہِ ہٕندین میرِ کاروانن منز شٲمِل اوس تس اوس یہ گُمان زِ کٲشرِ زبانۍ منز تخلیقی عمل چھہ محدود روزان اَدٕ رٕچھی اوسُن اردو پننہِ اظہارُک ذٔریعہ بنوومت یوٚزِ کینہہ کال پتہٕ گوٚ تس محسوس زِ کٲشُر زبان ہیکہِ ابلاغُک تہٕ اِظہارُک بوڈ وسیلہٕ بٔنِتھ اَوے رٕچھ ہیوٚتُن کٲشرِ پاٹھی تہٕ لیکھُن تہٕ یہ کٔنِشر ھا لیوٚکھُن سُہ چھُہ سٔٹھاہ سنجیدٕ تہٕ تتھ چھُ اعلیٰ معیار۔ وِژھنے چھہ آنجہٲنی برج پریمی ہندین کٲشرین مقالن ہُنز سوٚمبرن یوسہٕ تہندی فرزندِ ارجمند پریمی رومانی صٲبن ترتیب دِتھ کِتٲبی صوٗرتس منز چھاپ چھہ کٔرمٕژ۔ پریمی رومانی چھُ پٔزی رٕچھی اولاد صالح یُس برج پریمن ہُنزِ ییمہٕ دُنیاہس گژھنہٕ پتہٕ تہندی فن یارٕ رٕژنہ آ رٕتہٕ سان منز چھاپان چھُ۔ وِژھنے چھِ اکھ موٚلُل کتاب ... ہانِندٕ یانۍ سوٚمبرن چھےٚ۔

# برج پریمی ہنٛز مقالات

بنسی نِردوش

برج پریمی اوس بٔڈ آگاہ کاشُر، کشیرِ ہُنٛد پرستار۔ کشیرِ ہٕنٛدی لُکھ، کاشرِ ہٕنز ہُنٛد کلچر، کاشرِ ہٕنز زندگی یوٚہے اوس تمی سندین مضمونن، مقالن تہٕ افسانن ہُنٛد سبجیکٹ آسان۔ سُہ اوس باصِفت تھدِ پایُک ادیب، ادب نواز، وو ستاد، تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالات لیکھن وول مقالہٕ نگار۔ اۄردو ہس منٛز چھہ تمی ہٕنٛز کام سٕرس ساری سے ہندوستانس تہٕ پاکستانس منٛز مانٕنہٕ یوان۔ اۄردو زبان ماجہٕ زبان ہاوٕلی آسنہٕ باوجود چھہ برج پریمی ین اۄردو ہس منٛز پنُن اکھ خوش یون تہٕ لۆبہٕ وُن اسلوب پاد کوٚرمُت۔ یُس تھکن لایق چھُ۔

ویسے چھو ییمہ کتابہِ ہنٛدی مضمون تہٕ ایسے پٔرتھ صاف فکر تران نِہ کاشرِ زبانٕ پیٹھ تہٕ اوس برج پریمی یُس جان دسترس حاصل

کاشرِس منز چھُ تنقیدی تہٕ تحقیقی ادب کینژن کِتابن تام محدُود۔ ہمے ژٕہتجی وُری آسن گامتی یینہٕ کاشرِس اندر نثری سرمایہ کم کاسہٕ ہُریومُت چھُ نتہٕ اوس کاشرِس اندر زیادٕ نظمن تہٕ منظوم داستانن ہُند چلے جاو۔ افسانہٕ، ناول، ڈرامہ آیہٕ لیکھنہٕ یمنے کینژن وُرین اندر۔ اَمہِ رِکنہٕ چھُ مےٚ یقین زِ کاشرِس نثرس منز ییہٕ برج پریمی ہُنز یہِ کتاب اَکھ اضافہٕ تصوٗر کرنہٕ۔ دیان پٕرتھن چھینہٕ عمر زیٹھ آسان برج پریمی تہٕ اوس رُت اِنسان توٚے کوٚرُس نہٕ زندگی وفا۔ ۵۵ ہن وُرِ ین جوٚکھن جوٚرُن سنخ محنتھ کرٕن۔ دوہے آسُس فکر گرٕس گوٚژھ بنُنہٕ پوٗشن۔ ژٕٹ پٹ گرٕژھ جان آسنٕ۔ شُرِن گرٕژھ تالیم میلنی، ٹینٹھ گرٕژھ برقرار روزٕنی۔ پانہٕ اوس مالی ہندِس مرنس پیٹھ ژٕ داہ وُہرے لڑکہ ییلہِ گرٕک لوہ لنگر چلاونہٕ خاطرٕ ماسٹری کرنس پیٹھ مجبور گوٚو۔ کانہہ ذَپہِ یہِ کیا سنا ماسٹر آسہِ ہے ییُس وُنہِ پانہٕ گرٕ ژنڈٕ ونے اوس یانیمس وُنہِ پانس میٹرک تہِ اوس دِنے۔ مگر شابش چھُس لیاقتس اِرادٕ آسس تھدی۔ لوکٹن لوکٹن شُرِن پرٕناوان پرٕناوان گوٚ پانہٕ تہِ اکھ اکھ جماتھ ہیوٚر ہیوٚر کھسان یُتاں تام ۲۶، ۂہرِس ایم۔ اے پاس کوٚرُن تہٕ سُہ تہِ اول درجس اندر شیٹھس اَکہِ ہٹھس منز اُردو ہس اندر ایم اے کرٕن اوس مولوی صاب ہنٛز ہیٚندِ یَس منز آسہِ ہن ایم۔ اے کوٚرمُت تیلہِ گیوٚو پنڈت جی۔۔

خاص الخاص، ہِنٛزِ نظرِ منٛز آس ایم۔ اے اۆردو ہَس سوٚے وَنن
یِوان اند ایم۔ اے کٲشرِس پتھے۔ انگریزیس منٛز اگر ایم۔ اے آسہِ
ہے تیٚلہٕ آس بدل کنٛھ۔ آزادی پتہٕ تہٕ کیانٛہہ چھِنہٕ علاقٲئی زبانن سوٗ
قدر یِوان تِمن شوٗبہٕ ہے تہٕ زانن تٲلیمہٕ ہندی اکابرن، کمشنر تہٕ
ڈاریکٹر بنے بہٕ تہٕ تِمن کیا تقصیر چھُ یم روٗل چھِ چلاوان۔ انگریزن
ہندِ وقتہٕ پیٹھے یا گوٚ یہو بدلوٗو کانٛہہ روٗل۔ ایجوکیشن سسٹمس منٛز
کرِکھ کانٛہہ تبدیلی یتھ کیا راہ کھۄلوکھ۔ کانٛہہ نظام بدلاوُن چھا
سہلے اۆردوٗ ایم۔ اے اوّل درجس منٛز پاس کٔرِتھ تہٕ اوسنہٕ برنٛج
پریمی کانٛہہ ہستی۔ اوسُس زن رسالن منٛز تہٕ میگزینن منٛز نادٕ چھپان،
تِمی ہندی افسانہٕ، انشے، مضموٗن، مقالات پسند کرنہٕ یوان، اوس
زن منٛزِ منٛزی ریڈیوہس کھسان۔ کٲشرِس اندر بیوٚن بیوٚن سبجکٹن
پیٹھ مضموٗن لیکھان مگر تمہٕ ستی کیا گوٚ۔ سفرس لٔگ اُمس اۆردو ایم۔ اے
کرنہٕ پتہٕ پنٛدراہ ؤری یونیورسٹی تام واتنس۔ بس تہٕ تیٚلہٕ یُتھ سعادت
حسن منٹو ہَس پیٹھ مقالہٕ لیوٗکھُن تہٕ ڈاکٹریٹ حاصل کوٗرُن۔ اَدٕ موکھ
اَہن ساۓ پتہٕ چھُ کانٛہہ۔ اَدٕ گیہٕ اۆردو دُنیاہس اندر اُمی ہندِ
ناوچ تُرے ژٕ پاسے۔ برنٛج پریمی پٔرلوٚن سآے تمی ہنٛز کتابہٕ پٔرِو
اُمس ہیوٚہ منٹو شناس نٕسا چھُنہٕ۔ برصغیرس اندر دوٚیُم کانٛہہ مقالہ
نِگٲری منٛز نٕسا نیرِو اُمس جوڑ۔ اُمی ہنٛز کتاب منٹو ہنٛز زندگی:

تہٕ کارنامہٕ تُلِو تہٕ لاگیوٚن اُچھن۔ منٛزٕ ہس پیٹھ ہساگرٕ ٹھ دِنہٕ
پٔترٕ ٹھ کانٛہہ کتاب نظر۔ یہ ہسا چھُ اکھ شاہکار۔ یمہٕ کیتھ لیچھ
ہندوستان تہٕ پاکستان کیو بڈٕ بو بڈٕ بو عالمو، شاعرو، اُدیبو تہٕ سرکردٕ
نقادو۔

برج پریمی ہنٛدِس اتھ شاہکارس اندر یُس منظر یُس دم یُس
سراز تہٕ ڈکشن ڈیلیشنس تل چھُ لوان تہٕ چھُ یتھ کاشُر کتابہٕ منٛز
تہٕ موجود۔

یتھ اندر پریم چندس، غالبس، مولانا آزادس، پریم ناتھ
پردیسی یس پیٹھ برج پریمی سنٛدی لیکھی متی کیٛنہہ ہو ڈلمتی تہٕ متأثر
کُن مضمون شامل۔ بیٚیہ تہٕ چھِ کینٛژن اِلسے ہن ہندی نموٗنہٕ پیش
کرنہٕ آمتی۔ یِمو تلہٕ چھُ نَنان زِ برج پریمی اوس کاشرِس اندر تنقیدی
مضمون لیکھنُک شوق تھاوان تہٕ کیٛنہہ جان اِلسے تہٕ چھن لیکھی متی یم
کیٛنہہ چیز یِکھاہ کرِتھ کتابی صورتس منٛز چھاپ کرنس پیٹھ چھُ برج
پریمی سُنٛد صاحب زادٕ پریمی روما نی مُبارکس لایق۔ یہ چھُ ہونہار
نوجوان تہٕ پانہٕ ووتھوٚن ادیب۔ اُمی سنٛز یہ کوشش چھ برحق۔

زندگی ہرگاہ برج پریمی یس بیٚیہ کیٛنہہ وقت دِیہے خبر سہ ما آسہ
ہے کاشرِس اندر مضمون لیکھنس منٛز سرس۔ یتھ کتابہٕ اندریم مقالات نظرِ چھِ گژھان
تم چھِ پرنٕ لایق یمن منٛز چھِ اکھ طرز اکھ اسلوب تہٕ نو رسہل تہٕ شایستہٕ زبان۔ یہ چھُ کاشُر
مضمون نگاری ہنٛز اکھ نموٗنہٕ کتاب۔ خبر چھیم زِ کاشُر زبٲنی اندر بیٚیہ برج پریمی ہنٛز یمہٕ کتابہٕ
ہُنٛد استقبال کرنہٕ۔

# وٕشرٕ ھنےٚ ۔ میٲنہٕ خیالہٕ

سائل کشمیری

کٲم چھےٚ چھیکرس کٲمے پتہٕ پتہٕ کٲمے چھےٚ کارٕ نامہٕ بنِتھ رُچھ کرنس لگان ۔ دِچھ گژھن مولہٕ وَن کرَن وٲلی آسن ۔ تُرک چھُ ہر ہمیشہ اِنسانس پہِ ناٹہٕ ہیتھ عملی طور کٲم کرناوان ۔ اَدٕ یِم دوشوٕے چیز آیہٕ میٚتہٕ نُنٕ کَتہٕ تا کاہ پاٹھی یتھ کتابہٕ منٛز دَرج مقالن تہٕ تبصرن نگارَن ہینٛدِ ین تحریراتَن منٛز لبنہٕ یُس اَیِن تاثیر ٹاکُن سرنامہٕ چھُ یا بنسی ہند دوشہٕ ٹاکُن تبصرہ چھُ یا پرمی تہٕ رومانی ٹاکُن اظہارِ پیراد چھُ ۔ میٲنہٕ خیالہٕ چھُ تہٕ ژٕ تیشوٕے حق بجانب تہٕ صحی عکاسی کران ۔

یِتھمہٕ لِحاظہٕ کتابہٕ منٛز درج مواد چھُ "وٕشرٕ ھنےٚ" چھُ اَکھ صحی ناد ۔ اَدبی کارنامہ چھُ اُدیب یا ادب نُوازن ہےٚ مولہٕ دِتھ

ہیکان ۔ مُصنفہ سندن تحریراتن منز ہیم نو کنہ یا گوشہ وژھناونہ
چھ آسان آہتی تھٔنزٕ نشاندہی تہٕ چھِ تمے ہیکان پٔرزٕ رِ یاٹھٕ
کٔرِتھ ۔ کنہ زبٲنۍ ہٕندِ ادب تخلیق کرن تہٕ تتھ منز پننہ دِتہٕ رٔنگی
ہُر ہِر کرُن چھُ اُدیبس اکہ لٹہٕ روشن کران تہٕ شوہرتھ بخشان تکیازِ
بے لوث کام چھینہٕ زانہہ تہٕ رایگان سپدان ۔ یہ چھے پٔرانٕی کتھ
زِ کامہٕ ٹاٹھس چھُ ساری خوش گوڈنیتھ پنُن ضمیر تہٕ پتہٕ بلکے ۔

وژھنے چھِے ڈاکٹر برج پریمی سندس جذبس اُدبی ذوقس
تہٕ ہنرس کلچرس پننہ زبٲنۍ ہٕندِ تریٚپہ آسنچ گواہی دِوان ۔

بحیثیت اکھ اُردو ادیب چھُ سُہ اُردو زبٲنۍ ہنز خدمتھ
کران تہٕ یتھ کنۍ چھُ سُہ حلقہ اردو ادبس منز پنُن مقام پراوان ۔ تھد
پایہ اُردو اُدیبن منز چھینہ سُہ کُنہ تہٕ تعارفک موحتاج ۔ ہتی
اگر تمس پننہ ماجہ زیو تہٕ ماجہ کٲشرٕ ہندِ تہٕ وُسہ چھُ تتھ تہٕ چھینہ
سُہ آبیاری کرنس یتھ بیٚہان کینہہ ۔ سُہ اگر کاشرن نامور اُردو لکھارین
ہندی روشن پہلو حلقہ ادب اُردو کین ژِ کر داری تام واتناون
پنُن فرض زانان چھُ تہٕ یہ چھُ قٲبلِ داد تہٕ قٲبلِ تعریف ۔

یتھ پاٹھۍ چھُ سُہ پنُن فرض دِدیو اندازو ادبی بین دِتھ
نیشناوان ۔ قٲبلِ قدر کام پننہ تھیسز "THESIS" مکمل
کران کران یوسہ محنت پریمی کران چھُ تمہ ہنزو پریمی اکھ باگہ

بوٗزُت اُردو عالِم مُحقِق، نقاد تہٕ اُدیب۔

سُہ گوٚو سعادت حسن منٹو ہنٛدِ ن کارنامن تہٕ عالمانہٕ تخلیقاتن تہٕ تہنٛزِ زندگی ہنٛدۍ گوشہٕ بدکرٕنان تہٕ کاشراوان اَکھ کتھِ یتی کس آسہ نہٕ اِتفاق۔

دوشوٗرے دوٚ کامہ یتی یتی اَند واتناونہٕ چھےٚ نہٕ ٹھیٹھ کتھ۔ اَتھ گژھِ قلمس صحی زوٗز ییہ آسن تہٕ یراوس پوٚختگی آسنۍ۔ تمہ دوشوٗرے چھہ اُہنٛزن کامن منٛز سیٚد سیوٗد کاڈ کڈان، درینٛٹھی گژھان۔ اوہنٛد جذبہٕ تہٕ ادبی ذوق چھہ حالہ مرگہ منٛز ہرپنہٕ ژہ حالہ ماران۔

نوٚہن کیٛو پڑاہس کاشرہ ن اُردوٗ ادیبن ہنٛدۍ کارنامہٕ مولہٕ ناوُنۍ آسن اَکھ تھکنہ لایق کام۔ تکیازِ وار یاہ دوس اُسی ڈاکٹر پریمی صابس فقط اُردو زبانۍ تہٕ اُردوٗ اَدبکے یوت دِلدار تہٕ غم خار مانان۔

اَمہ پتہٕ پریمی روٗمانی صابنۍ یہ کوشش چھےٚ چھاپکس تہٕ مبارکس لایق۔ پریمی روٗمانی چھہ پانہٕ اکھ دوٚ بتھرٕ وٕن اُدیب۔ اُردوٗ ہس منٛز تہٕ تہٕ کاشرِس منٛز تہٕ ینٛنۍ بہل کران۔ بحیثیتِ اکھ اُدیب تہٕ بحیثیت ڈاکٹر پریمی سُند فرزند آسنہٕ رٕنۍ چھہ روٗمانی دوشوٗرے فرض دِلہٕ جانہٕ انجام انان۔ میانۍ شوٗبنس منھ منھ تہٕ شاباش۔

ڈاکٹر برج پریمی اوس میانِ ، فلسِ ، مشنز زامُت تہٕ پر یٛتھِتھ ومُت تہٕ ۔ مگر یہٕ جیٚس موتی لال ساقی صابن اُمس نش زِنٛدٕ اُمس سٟتۍ زان پچھان کرنٕ وٚنۍ مُت ۔ شوٗد تہٕ مُژ معقول یہٕ ادیب ا‌ٔسۍ یٛزٕتٕھ کاشُر ہُنٛز دگ ژیٚناں تہٕ دگ دارلاگان وُجہ ادسِ اُمۍ اَسِ بٔڈٕ محنتہٕ سٟتۍ پٔنٛنۍ زندگی زٕتہٕ کٔھارِ مژ ۔ مایہ ہوٚت یہ قلم کار رُودٕ برابر پٔنٛنۍ کامہِ ہن کران ۔ تہٕ ازچھ اُسۍ تٔہنٛدِ ین کارنامن ہُنٛد حضُ تُلان تہٕ لُوٚپُے روزِ بردٕ شہٕ کُن تہٕ اُہندِ ین یمن قلمی نوسخن ہُنٛد استفادِ کران تہٕ نٲفٕ لبان ۔ ے

گاشہٕ تارُک کھوٚت تہٕ گٔژھ گیہ دِہی ژِھیٚنۍ
گاشہِ تارُک دژاو اَڈ گاشہِ راوان گوٚوٕ تۍ

سائل

سید رسول پونپر

# وشہنے ۔ اکھ تبصرٕ

"وشہنے" چھِ کاشرِس اردوٗ افسانہٕ نگار تہٕ محقق سورگواسی برج پریمی (۱۹۰-۱۹۳۵) سندین کاشرین تنقیدی تہٕ تحقیقی مضمونن ہنٛز گوڈنیُک سوٚمبرن یمن ہنٛز تفصیل یِتھٕ کُنہٕ چھےٚ۔

۱۔ پریم ناتھ پردیسی ۔ فن تہٕ شخصیت !

۲۔ کشیرِ منٛز اردوٗ ادب !

۳۔ سعادت حسن منٹو تہٕ کشیر !

۴۔ کاشر کلچرُک عکاسی پردیسی سندِس فنس منٛز !

۵۔ منشی پریم چند تہٕ تحریکِ آزادی !

۶۔ منشی پریم چند تہٕ تمہٕ سندی افسانہٕ !

۷۔ منشی پریم چند بحیثیتِ انسان دوست !

۸۔ غالب :- شخصیت تہٕ فن

۹۔ غالب :- شٲنٛزٕ چیمٹھ

۱۰۔ مولانا ابوالکلام :- بحثیتِ انشا پرداز

۱۱۔ بہادر شاہ ظفر، مجاہدِ آزادی تہٕ شاعر

۱۲۔ اٲزٕ چ اُردوٗ ناول

۱۳۔ ہم عصر اردو نظم : اکھ سام

۱۴۔ کینہہ زنانہٕ اُردوٗ ناول نگار

اَمہِ علاوٕ چھ جناب امین کٲمل صٲبُن سرنامہ تہٕ جناب بنسی نردوش صٲبُن تعارف "برج پریمی" ینٛز مقالات تہٕ اَتھ شوٗبراوِتھ۔ ساری کھوتہٕ زیادٕ مشمولات چھ بہلہِ پایہٕ افسانہٕ نگار تہٕ ناول نویس پریم چندس تہٕ تہندِس فنس مُتعلق تہٕ تس پتہٕ کٲشرِس اُردو کہٲنی کار پریم ناتھ سادھو (پردیسی) (۱۹۵۵ - ۱۹۰۹ء) یَس مُتعلق یِمہ وہ پر زبٲنی اَدیبن برعکس کٲشرس تہٕ کٲشیرِ ہٕنٛزٕ لوٗرِ لوٗرِ تہٕ پٹھ ترجمٲنی کٔر۔ بییس موٗلہٕ کٲشرس پایہٕ بٔڈِس افسانہٕ نگارس تہٕ ناٹک کارس سعادت حسن منٹو ہَس متعلق تہٕ گوٚڑٕ ہنا دلبستان لیوٚکھمت یتھ مضموٗنہٕ سوٚمبرٕنٛز منزٕ ژھل کرنہٕ آمت آسُن یتھ سٕ لوٗرِ خولہٕ خطہٕ سان سارِنے کٲشرِن ہرونتھ کُن پیٚہ ہے۔

برنٛہ پریمی سٕندین مضمونن ہٕنٛز یہٕ سوٚمبرن چھُ تِمی سٕندی
فرزندِ ارجمند جوان سال شاعر، ادیب تہٕ نقاد پریمی رومانؠ ین
ترتیب دِتہٕ میسور کہ زبانن ہٕندِ مرکزی ادارکہ مالی امداد ستی
چھاپ کٔرمٕژ۔ ہتھ ہتھ شاباش چھُ رومانؠ صابس زِ سُہ چھُ پننِس
مالِ سُند یتھ کُنِ ترٛومُت ادبی وِرثہٕ رٔژھراوان تہٕ ہندوستانؠ
زبانن ہٕندِ میسور کہ مرکزی ادارُک تہٕ ہتھ ہتھ شُکریہ زِ سُہ چھُ
وونٛد ووٚتھ تھۄوتھ تنقیدی تہٕ تحقیقی نثرس چھاپنہٕ باپتھ مالی
مدد کران، نتہٕ چھِنہٕ سانہٕ باپتھ صبر آزما تہٕ حوصلہ شکن ماحولس
منٛز نثری کتابہٕ کیا کتابہٕ چھاپنہٕ ممکنے۔

یوٚدوے یتھ کتھِ منٛز کانٛہہ تہٕ شک چھُنہٕ زِ کاشُر ادبُک
اکھ ادنیٰ کھۄتہٕ ادنیٰ طالبِ علم چھُ محدود شترس پیٹھے سہی
اُردو ادب تہٕ شاعری ہٕندِ بوتھنگیو نِشہِ واقف۔ اداری سوٚترس
پیٹھ چھِ ریاستی کلچرل اکیڈمی غالب تہٕ اقبال صدی مناوِتھ
کاشرِ شیرازٕکی خاصہ شمارٕ تہٕ کُڈ منٛز تہٕ ترجمہٕ تہٕ چھاپِمتی یتھ
تِمن ستی ہٕندِ فِنیج زان عام کاشرِ پرن والیس تام واتنہٕ انفرادی
سوٚترس پیٹھ چھُ پریمی رومانؠ شعریہٕ باگہِ برُٛنہٕ کوشش تارِیفُک
لایق۔ ہتھ پاٹھی چھُ اچھیر تہٕ شبد اکھوا سیٚ قدیم رِوایت
بلا واسطہٕ اُسہٕ تہٕ بلواسطہٕ کاشرِ یاتھ اُسہٕ تام واتنٕمژ۔

یہ چھےٚ اکھ ٹاکارٕ حقیقت زِ برج پریمی ین چھہ گوڈٕ زیرِ نظر کتابہ منٛز شٲمِل مضموٗن اُردوٗ پانٛٹھی سوٗچمٕتۍ تہٕ لیکھی ہمٕتۍ تہٕ پتہٕ کٲشری پانٛٹھی شیرازٕ۔ سون اَدب تہٕ ریڈیو بیترٕ باپتھ لیکھی ہمٕتۍ ییٚمہٕ کِنۍ یمن مضموٗنن ہُنٛد اُردوٗ مِزاز تہٕ قٲیِم روٗزِن کانٛہہ عجب چھُنہٕ توٚتہٕ چھُ یمَن ہُنٛدِ پَرنہٕ تلہٕ ییٚمہٕ کتھِ ہُنٛد باس لگان زِ پریمی ہنٛدۍ کٲشرۍ لیکھنَ تہٕ اوس پننُی رنگ رَٹُن ہیوٚکمُت۔ اگر موتھ یادری کرِ ہس سُہ ییٚمہٕ ہے کٲشرِس ادبس، ثقافتس تہٕ تہذیبس بیٚییہِ ہَن قریب تہٕ ساٛنہِ گوٚر بنٛتھ پارٕ ہے کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛدۍ تہٕ زُلف۔

چوٗنکہِ مضموٗن چھہ بیوٚن بیوٚن موقن پیٹھ لیکھنہٕ آمتۍ ییٚمہِ کِنۍ اَکے کتھ تمہیدٕ یا بیٚییہِ کُنہ رٕنگی پھِرتہٕ پھِری وَننہٕ چھےٚ آمٕژ۔ یِژھ تہٕ بلکہ معمولی یا معمولی کوتاہی یہِ ہیکہٕ ہَن دوٗر گژھِتھ اگر پریمی روماٛنیس ترتیب دِنہٕ وِزِ اور کُن ظعون آسہے گوٚمُت۔

ناول چھےٚ اُردوٗ ہس منٛز مُذکر تہٕ کٲشرِس منٛز موٗنث درتاوس مگر برج پریمی ین چھےٚ یہِ اَکی سے مضموٗنس منٛز مُذکر تہٕ گنٛزٕرِ منٛز تہٕ موٗنث تہٕ۔ اور کُن تہٕ گوٚڈٕ ترتیب دِنہٕ وِزِ توجہہ دِنہٕ آمٕژ آسُن۔ ییٚمہٕ ستۍ اَمہِ کِس ایتبارَس تہٕ مٲری منٛزرس منٛز ہُرہ ہیکہِ ہے گژھِتھ۔ بڈ کتھ چھےٚ این کٲمِل نہٕ وَننہٕ یِہ زِ۔

"برج پریمی ہند مضمون پرِتھ اوس تہٕ واتے ریڈیو کتھ باتھ ہیتھ اکھ ہر کانہہ شخص ہنز فکرِ تہٕ باوتھ ہند انداز ثابتھ۔ امی یتہٕ متعلق تہٕ یو کھمت چھُ، تہنز زندگی، تہند رجحان تہند سیاسی اوندپوکھ تہٕ چھُن تہندین ادبی کارنامن لر لوٗر برونہہ پکہٕ نوۆمُت۔

امہِ ستۍ چھُ سُہ ادیب (تہٕ شاعر) پننہِ پوٗرِ جہارِ تہٕ رنگ یہ چھ نظرِ تل یوان۔ یہٕ چھے برج پریمی سنزِ فنکاری ہند نظرِ دسجارِ چ بڈ دلیل۔

ممتاز کٲشر شاعر نقاد تہٕ محقق سورگواسی موتی لال ساقی اوس برج پریمی سُند جانی یار تہٕ بالہ یار تہٕ۔ سُہ چھُ جذباتی اندازہ داریا ہن کتھن پیٹھ دوان ییتہٕ وَنان زِ پریمی

"اوس ترکہِ افسانہٕ نگار، نثرس منز اوس شاعری کران افسانہٕ ییتہٕ پیٹھ تمۍ تحقیقس خاص کرِتھ کشیر ہندس تہذیبی دِرس کُن توجہ ۔"

پنزرِ تہٕ چھُ لۍ زِ سعادت حسن منٹو" حیات اور کارنامے تحقیقی مقالہٕ لیکھتھ پروو برج پریمی ین ملکہٕ کس اُردو حلقن منز محققہِ تہٕ نقادٕ ہند حیثیت ییتہٕ اکھ پوشہِ دُن ایتبار۔ جلوہ صد رنگ تہٕ کشمیر کے مضامین بیتر چھے تہنز بلاقے مقالہ سوٗمبرِتھ

یِمَو تِمَن سُنٛد ناد اردٕ ادبس منٛز بیٚیہِ ہٮ۪ن نیٚچھ نوو۔ پریمی رومانی
چھُ پننِس تاٲرس ہٕزن پریمی سٕنٛدِ اردو لیکھ ٲیتی ہمو کینٛژر دورٕلو
یہ ییٚتھ ترتیب دِتھ چھاپنس کُن دٔ پہٕ پننہ لوٗگمت۔ کاشرِس منٛز "دہشر دھنے"
ترتیبہٕ سان چھپاوِتھ تُل تمٚی اَکس پرِزِ کامہِ دس۔ خدا دی تس ہیمتھ
تہٕ پہٕ حوصلہِ تہٕ۔

توقع چھُ زِ کاشرِن ادبی حلقن منٛز سپدِ "دہشر دھنے"
مقبول۔ پننٛراہن رو پٔین ٲلی چھے سرٛدٕجی ییتھ بے پٔزرس وقتہ کِس
دردٕ جرس منٛز۔!

شاہباز راجوروی

# وِتھرٕ

سورگیہ ڈاکٹر پریمی سٕنٛز کتاب (مضمون سومبرن) دِتھرٕ
چھہٕ اَمہِ آیہ الکھ سٕہ ذیہنی تہٕ فکری پوٗت منظر ہیتھ۔ ییٚتہٕ کٔشیرِ ہِندی اُمی
نامادار فرزندن ماجہِ کٔشیرِ ہندی اَنہار ژھارِتھ بدٕ کُرٛڈی میتھ چھہٕ۔ تہٕ ییتھہٕ
کٔنٛی سٕہ لول رٔتھہٕ کھولمٕت یُس اُمِس اتھہٕ سیتی ادسمت چھُہ۔ پریمی چھہٕ
تھدِ پایُک اُردوٗ ادیب اوسمُتے۔ توے چھہٕ ڈاکٹر گیان چند جین۔ ڈاکٹر محمد حسن
کالی داس رضا۔ خواجہ احمد عباس۔ خواجہ احمد فاروقی ہیوٚ اہلِ قلم اُمِس اعتراف
کران۔ مگر کاشرِس منٛز چھُہ کٔشیرِ تہٕ کاشرِیُک شدید موحبتھ اُمی سندِس
قلمس زلوٗ دِوان۔ تہٕ اَدٕ چھُہ بێین ہندین کادنامن منٛز ییمے پنٕنٛی دلِ پسند
انہار ژھارٕنۍ۔ تمن کاشرادان تہٕ ییتھہٕ پاٹھی کاشرٕ سائیک کھوٚلہٕ راوان۔ کتابہِ
منٛز چھہٕ ترواہ تحقیقی تہٕ تنقیدی مضمون شاملِ۔ یمن منٛز چھہٕ پریم ناتھ پردیسی
تہٕ سعادت حسن منٹوٗہس پیٹھ لیکھنہٕ آمتی تحریر تمہ اندر یمہٕ تحریکچ شہادتھ
پریمیا صابن چھہٕ پرکھاول نظر۔ تہٕ لوٗبہٕ وٕنی انداز تم سیاسی۔ سماجی۔ اقتصادی
کرِ چھِہ تمہِ آیہ نٕنۍ رآوی میتھ زِ یہ تحقیق یا تنقید چھُہ تخلیقی سٕہ تھرس تام واتان۔
تہٕ زن چھُہ پانہٕ اَمی لولہٕ ودہ لسنہٕ پوان تہٕ لیکھان:

"یہ چھہٕ کٔشیر۔ ییٚتہٕ سادگی۔ شوٗزر تہٕ سبزر۔ موصوٗم
بچہ سندی پاٹھی پاک۔ سادروار تہٕ بے ریا۔ ...
... بالن تہٕ پان ژادرن۔ یارِ ونن ہُندِ لوٗژ ...."

یہ چُھ پردیسی سُند جوہر تہٕ اعجاز ییم کوٗ ڈنجہ لٹہ

اتھ زلہٕ ورٕ .... ہووُن نہٕ بیٚین کلہٕ تو مروون" صہ۲۶

" لیکھے وُجہ چھُ زِ پردیسی سُندین افسانن منٛز چھینہٕ ییتہٕ کُن لالہٕ زارن۔
آبشارن یا نٹین ہُند ذکر لبنہٕ یوان۔ اما پوز تمی چھُ بار بار ییتھکہٕ جنتہٕ بدلہٕ
جہنمُک ذکر کورمُت۔ ڈوگرٕ شاہی ہُندس جبرس تہٕ ظلمس تل یوس ییرٕ دُنی ناو
ییتہٕ سیپرٕ پٕھٹر اُس۔ اُمی چھُ تمے کتھ پیچھمٕٹر۔ تمو سنٛزن کھنن منٛز چھُ کمبل،
ہُو زوٗر۔ قالباف۔ جالک دوٗز۔ ہانٛز۔ فاقہٕ چھیٚر زندگی .... سینٛز بیگاری۔
یہنٛد وُدُن تہٕ غم سوٗ ہیروون تہٕ گرٕبن کتھ" (صہ۲۶)

"اتھو ووس تہٕ مایہ ہُٹتھ چھُ فاصلہٕ دِنہٕ آمُت زِ " تو کتی چھینہٕ کانہہ
مبالغہٕ زہرگاہ تس (پردیسی یس) کوٗ ڈینک کاشُر افسانہٕ نِگار وٕنو" (صہ۴۰)
پترمی چھُ کاشُر سائکی زن پوٚر باٹھی ترجمانی کران ییلہٕ ونان چھُ

" کاشُر ہیوٚند آسہٕ یا مُسلمان۔ پرٕتھ حالس منٛز چھُ کاشُر ....
تہٕ چھو گوگجہ تہٕ بتہٕ کھیتہٕ وٲلی۔ وارے جنگ متہ کری تو۔" صہ۳۸

امے آیہٕ چھُ اُمِس منٹو سندی تحریرٕ متاثر کران۔ سہٕ اوس ژکہٕ کوٗشُر
یُس نہٕ بر ژولمت اوس۔ مگر تاہم اُسس سو مائے موحبتھ بےسوکھ تھاوان۔
تہٕ دور رورتھ تہٕ اوس اتھ کوٗ ڈبران۔ اُمی سندِ اَمہِ دیتک اعتراف
چھُ پریمی یِمن لفظن منٛز کران:

" منٹوٗ ہن چھِ پننین واریاہن افسانن منٛز کشیرِ ہنٛز ذکر موحبتھ تہٕ صہ۳۹
احترامہ سان کرمٕنز۔ تہٕ تتھ ظلمس پرد تلمت یُس کاشرِن پیترٕن اوس

یِھتھٕ ظُلمُس پٮ۪ٹھ بیداد دورچ کتھ کراں چھُ منظور فاضلی صاب لیکھان:

"پنڈت 'اہلِ تشیع پٮ۪ٹھ ہمہ خواتینن سیٹھا آو زیادٕ ظُلم کرنہٕ۔ لوہرین

بُرتھ آے وٲتھہٕ ترٲونہٕ۔ کلہٕ آیہٕ ژٹنہٕ۔ ماجن بیٚنین آیہٕ نستہٕ ژٹنہٕ

کنیژن کوٗسکھ ٹوٗپ۔ یِتھ ظلمہٕ سیٹھا تنگ آمتی ژٲلی پنجاب (وادیہ نمبر)

—اعجاز دسمبر ۱۹۹۰ صہ ۲۴

بٮ۪یِن مقالاتن منز چھُ پریم چند۔ غالب۔ آزاد۔ ظفر۔ ہمعصر اردو

نظم بارٕکی پٮ۪ٹھ تفصیلی مطالعہ پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمتی مقالات۔ یِمن منز چھِ یِمن ادیبن

شاعرن ہندی تِم پاس نٕتی راونہٕ آمتی۔ یِم پریمی سنز تنقیدی صلاحیژ متعارف

چھِ کران۔ یہ تحقیقی میٚنتھ پٮ۪ٹھ تنقیدی تولہٕ چھُ پریمی صابس اردو حلقن

منز پٮ۪ٹھ تھود مقام دِیاوان۔ یِمن منز چھِ پریمین کیٚنہہ تنقیدی فٲصلہٕ پٮ۪ٹھ دِلیمتی

یِمن فٲصلن سیٹھا اتفاق کرُن نہ کرُن چھُ نقادن ہُند کھاتہٕ۔ مگر پریمی صابن

چھِ کُنہٕ ذٕژنیتہٕ وراے فٲصلہٕ دِتی متی۔ مثالے:

"تمی سنز زبان چھِ سادٕ۔ سٹایل چھُ پاک۔ اِمیجری زرخیز....

کاشرِ زندگی ہند کھرٕ چھُ تھیمَن (THEME) منز۔ امالوٗژ جذباتی

وٗفور پٮ۪ٹھ چھُ..... یِمن کہانین منز چھینہٕ تنقیدہٕ پلانہٕ سکیم۔

مگر خیالن ہندٕ لوچھر سنزر۔ پزر حدس تام" صہ ۲۱۔

"پریم چندنین تحریرن منز چھُ گوڈنچہ لٹہٕ ہندوستانس منز رؤزن

والین عام انسانن ہند لفادتُک احساس لبنہٕ یوان..... اُہنز

آرٹ گیلری منز چھُ کوہلٕ۔ داتل۔ موٗزوٗر۔ دوٗب۔ موٗمولی

ملازم۔ میہنت کش پٮ۪ٹھ کامگار زندگی ہند امارہہٕ کھ

لبنہٕ یوان ۔" صفحہ ۸۲-۵۵ (یا)

غالبنٕ شاعری چھُنہٕ محض پننٕ زمانُک زوالے یوت وۄتھناوان۔ یُس فکری تہٕ سیاسی نظامس منز آمُت اوس ۔ تسنٕز شاعری منز چھُ تسُند ہُنٛدریومُت وونٛدٕ دارے تُرٕ تہٕ لبنہٕ یوان ۔ احساسٕچ گرمی ۔ تہٕ تخلیقی عمل چھ بیٛون بیٛون شکلن منز درینٛٹھ گژھان" صفحہ ۸۸

" غالب چھُ سُہ پایہ بوٚڈ نثر نگار یمی اردو نثرس شخصیژ ہند انہار دیُت ۔ سُہ یوٚتاہ بوٚڈ شاعر اوس تیوٚتے بوٚڈ چھُ نثر لیکھن وول تہٕ" صفحہ ۹۷-۹۳ (یا)

" ظفرٕ سُند شاعری چھ سوٚت ۔ سوٚت نار ۔ یُس بستہٕ چھُنہٕ کھاران امالوٚز دٲبنٕ کوٚران ۔ اُمی سٕنز شاعری چھِ زندگی ہُندین چھوکن تہٕ دادین لولہٕ لاے کران ۔ یہ چھِ تسُنٛدی تہٕ تمہٕ زوال پذیر زمانہٕ کین غمن باوان ۔ توے چھ اتھ احساسٕچ نزاکتھ ۔ چھِ عظمتھ ۔ خوٚلوص تہٕ درد مندی" صفحہ ۱۱۰-۱۰۸

ہرج پرمین چھ ہمکال اردو نظمہٕ ہنٛدِ تم سوال تُلی متی یم واریاہن نقادن وٲتناوِہر" (COMMUNICATION) کِس تصوٗرس منز گیر تھاوان چھ سورگہٕ وٲسی چھ مصلحٕژ ورٲے کتھ کرمژ تہٕ فاصلہٕ بوزناوی متی ۔

" باوتھ کرنُک یُس انداز کینژن نوین شاعرن چھ سُہ چھُ انتہا لبنہ انہٕ ۔ تہنٕز نظمہٕ چھُ فقط شاعر پننے یوت سمجھان . . . .

. . . یم نظمہٕ چھِ راوی متس انسانی ذہنس ژھانٛڈ دِوان ۔ یُس مسائلن ہُندِس گرِدابس منز پریشان چھُ ۔ ادے چھ یہ بیوٚن بیوٚن سوالن

ہنز شاعری .... ژھوٚٹ۔ زیٛٹھ۔ کھرٕ لدٕ سوال .... شاعر چھ سو
تنہائی ژھاران میٚتھ منز محض شاعر سنٛز کٔنی ذاتھ دٔریٚنھ گژھان ص ۱۲۴
.... نوٚ شاعری ہنٛز زبان چھ چھیر اعلامتی۔ اوٚسلوب علامتکی جامہٕ ڈلتھ
.... کنہٕ معنے بدلان .... یُس ابہام اَزٕ چہ شاعری منز چھُہ چھ وقتن
بخشمت۔ اتھ سمجھنہٕ خاطر گژھ ہیرٕن دول سو مخصوص زبان سمجھ
ہیکنیوٚس ہمعصر شاعرو کرٕ منز چھ " ص ۱۲۵

" فن یا ادبس منز اگر شوٚعورچ ہلہٕ وُن آسہٕ نہ۔ یہ آسہٕ بےٚ نتیجہ کوشش
امہٕ سیتٕ ہیکن نہٕ اصل تہٕ حقیقی قدرٕ بدٕ کڈنہٕ یتھ۔ فن چھ پوٚز
شوٚعوری تجربہ یتھ انسانی تامیر لبان چھ۔ شوٚعوری تجربہ نشہٕ ژھوٚر
فن چھنہٕ فن ہیکن اَستھ ہرگاہ بیٚیہ کانٛہ تیاہ لوازماتھ آسن "

ڈٔ سید قطب۔ حوالہ تہذیب الاخلاق مئی .... ۱۲

یہ قول ژھیتس تھاوتھ چھُ باسان زٕ پریمی یُس آس کینژن شوٚعوری قدرن
ہنز ترجمانی تہٕ مقصد تہٕ یمن اقتباسن منز چھ تہندی ژھایہ۔ کنہٕ یادشن
اَسہٕ بروٚنہہ کنہٕ لیوان۔

کتابہ چھ گیٹ اپ شوٚبہ وُن۔ کتابتھ تہٕ قابلِ قبول۔ مگر کیہتہ ونژھییہ
چھےٚ دیدمان۔ ہیٚلن پھیر تہٕ لفظ ژار ووہ یریشہ۔ مثلے۔ سادگی بجایہ
صادگی (ص ۳۸) توٚسل بجایہ توصل (ص ۸۰) جہتر بجایہ جتہٕ (ص ۱۰۲)
تیٚھے کنٛژ دؤلِ بجایہ دھوبی، میٹھلے بجایہ مُدرتان۔ جبیز بجایہ حقہ ص ۹۶
وغایہ لفظ چھ اَدیہ وٕنی۔ کتاب پرنہٕ دٔرٕ چھُ موٚلہ تخلیقک احساس ہنا
ژھُرک باسنت کنہٕ کنہٕ دوان۔ مگر یہ چھ مصنف سود گوٚاسی منز

قابلِ قدر کوشش یوسہ کاشرس نثری ادبس منز ہُر ہر چھُ ۔ پریمی صابن اعتراف چھُ کاشر زبانی دراے تہٕ باگہٕ بۄرت تہٕ تھکُن لایکھ ۔ امالیوز کٔشیر تہٕ کاشرِ چھُ ازیٔ سہٕ باگہٕ لۄرت مقام میوٗ لمُت زُبلکی باقی لوٗکھ چھِ ’’ سیت بدکا مکمل کرنہٕ خاطرِ سستھ قدم کٔشیر کُن تلان ۔ تہٕ لبقولِ مرحوم حاجنی صاب ’’ یہ چھُ سانہٕ علمُک تہٕ تقدسُک ہندوستانس منز ترٛیٔ ساس وٕری یہ یِردنہہ اعتراف ‘‘ ( شیرازہٕ حاجنی نمبر صفحہ ۲۶۶ ) اَدے چھِ یہ کوشش تھکنی لایکھ ۔

اندِ داننادنہٕ یِردنہہ چھُ دون معروف کاشرِ نقادن ہندی ملاخطاہ پریمی صابنِ ادبی حثیتھ متعین کرنس کانٛی ۔ ’’ برج پریمیُن کاشرس تہذیبس دِیت روز ہمیشہ یادگار ‘‘ ( ساقی سورگہ واسی ) ’’ اُہندی اُردو تہٕ کاشرِ لیکھ کلہم پاٹھی نظرِ تل رٹتھ چھُن قابلِ داد کام کرمژ ( امین کامل ) اَدے شوٗبہ اَسہٕ تس قدر کرنی ۔

معروف کہانی کار اور منفرد ادیب

# ڈاکٹر برج پریمی کی

برس ہا برس کی محنت کا نتیجہ

# پریم ناتھ پردیسی

عہد شخص اور فن کار

## اس کتاب میں :

- پردیسی کی شخصیت کے اہم گوشے۔
- پردیسی کا فکری اور ادبی پس منظر۔
- پردیسی کی افسانہ نگاری۔
- پردیسی کی شاعری۔
- پردیسی کے ڈرامے، ادبِ لطیف اور ان کے مضامین

جیسے موضوعات پر سیر حاصل تبصرہ کیا گیا ہے۔

علاوہ ازیں

کتاب میں پردیسی کی غیر مطبوعہ اور اہم تحریریں بھی شامل ہیں۔ (زیر طبع)

ضخامت : ۲۵۰ صفحات — ترتیب و تہذیب :
قیمت : ۳۰۰ روپے — ڈاکٹر پریمی رومانی



ڈاکٹر برج پریمی یُن خاندٲنی ناو چھُ برج کرشن آیمہ۔ یِم چھہ ۲۴ ستمبر ۱۹۳۵ءہَس منٛز درٲبی یار حبہ کدلہٕ سرینگرس منٛز تھپنہٕ پیمتؠ۔ ہِہندۍ پتا سورگواسی پنڈت شام لعل کول آیمہ آسی پینہٕ سمیکی اکھ مشہور قلم کار۔ ڈاکٹر برج پریمی آسی یِنہٕ آتی اکھ کہانی۔ یِموٚ چھپٕۍ پٔنٕنۍ گوڈنٕچ کہانی "آقا" ۱۹۴۴ءہَس منٛز لیٚچھ مِشرہ۔ یِموٚ کٔر ۱۹۷۶ء تس منٛز اُردو کِس بہلہٕ پایہٕ افسانہٕ نِگار سعادت حسن منٹوہَس پیٚٹھ تحقیقی مقالہٕ لیکھِتھ ڈاکٹریٹچ ڈگری حاصل۔ برِصغیر کین نامور ناقدین ہٕنٛز رایہِ منٛز چھُ یہ تحقیقی مقالہٕ اُردو ادبس منٛز اکھ ہُربر۔ ڈاکٹر برج پریمی چھہ اُردو کی مشہور وٕ معروف نقاد تہٕ محقق یِمن آس کٲشُر ہٕنٛدِس تواریخس پیٚٹھ تہٕ زبردست نظر۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ محمد دین فوق نہٕ پتہٕ چھہ ڈاکٹر برج پریمی کٲشرِ ہٕنٛد گوڈنِکی محقق تہٕ نقاد یِمو کٲشرِ ہٕنٛز تارِیخ کلچر تہٕ اَدبس پیٚٹھ تھٲکنِ لایق کٲم چھ کٔرمٕژ۔ یہ چھہ سہ کٲم یُس زٕ کٲشرِ ہِنٛدِس اُمس خادر شناس ہمیشہ زِندٕ تھاوِ۔ ۱۹۹۰ءکین المناک حالاتن منٛز پیوٚو یِمن ساپہ وادلوٚکن تہٕ دادی ترٲوِتھ جوٚموٚ ژٕلُن بیٚیتہٕ یِم ۲۰؍ اپریل ۱۹۹۰ء تس منٛز اچانک سورگواس گیہٕ۔

Printed at J K Offset Printers, Delhi. Ph.: 23279852